کتاب : أنۂ آتش (افسانۂ سومبرن)

لِکھاُرؠ : محی الدین ریشی

چھپن وٲری : سنہ ۲۰۰۹ء

نأشِر : 'آن' پبلشرز

۵۲ ، شاہ فیصل کالونی ، اپرَ صورہ سرینگر

چھاپ خانہٕ : جے۔کے۔آفسیٹ پرنٹرس دہلی

قٕمتھ : ۲۵۰ روپیہ

کمپیوٹر کمپوزنگ : گلزار اطہر رفیاض

سرورق : محمد یعقوب

لِکھاُرؠ سُند پتاہ : ریشی کاٹیج ، ڈبلیو-۵۲

شاہ فیصل کالونی ، اَپرصورہ ، سرینگر ۱۹۰۰۲۰

E-mail : meemreshi@gmail.com

پَننہِ صاأبر ماجہ تہٕ درویش صفت

ماألِ سندِ ناوٕ

یَمو شُرٕ بن ہُند بہارٕ وِچھنے أچھ وَچہِ

میٚانہِ ووٚنہِ

کُس ژٕے ہَمدَم، کُس پَنُن ژُ کرِ دَرتہٕ یار

پَرِ چوٚن حال

چھےٚ گُمرٕژ کأشر کتاب

محمد ایوب بیتابؔ

# ترتیب



# افسانہٕ چھِ وٲلِنجہٕ تٕتر ژلان

کٲشرین مختصر افسانن منز زیرِ نظر سۄمبرن چھےٚ کُنہٕ ہیونر تٕ ویہ
وٲنسہ مکمل سیٚدی سادٕ یا ہِش پٔتہٕ موضوع تیرن ہٲرِتھ باوان۔ نہٕ کانہہ فنی
قدٕ وٲژھ مہٕ کانہہ مشاہدک گچھر مہٕ باوُرٕ ہُند کانہہ ابہام ۔ موضوع چھِ کٲشرِ
منز فُسی نُسی والین، خاصکر ژھٕ ہنزِ میہ طبقُکین عام لوکہ ہنزِ
دوہ دینچہٕ زندگی سٕتی وابستہٕ مختلف مہٕ ہٕتہٕ بیتہٕ، کانہہ ایکہ اہ سیدن
حٲلی واقعہ حٲرِ ناتھ، تہٕ تیتھ واقعہٕ حٲرِ ناتھ تلہ متعلق وول رنگہٕ رنگہٕ
آدمی دوددٕ تہٕ انسانی ہمدردی ۔ افسانہٕ چھِ مختلف حالاتن منز زندگی بسر
کرن والین ہٕ دُکھی ژٕ تہٕ ویٚدین کردارن ہند ذُہری ہٕ کتھ وبُڑ ھناوان زٕ
امہِ کٲشرین ہند سماج کیتھہٕ پٔٹھ چھُ وُنہٕ تہٕ پرانیو رسمو تہٕ فرسودٕ
ویچارو کِنی نظر بند یا کور چشم تہٕ غلط کارٕ متہٕ تِکو سببہٕ کتین سیٚدین
سادن موٗمنن ہنز زندگی وبالِ جان بناوان یا تباہ تہٕ برباد کران ۔

افسانہٕ سۄمبرنہٕ منز چھےٚ . کٲشرِ ہنزِ سماجی
صورتِ حالس نوٚن کڈنہٕ علاوٕ متعلقہ کردارن نفسیٲتی صورتِ حالس
تہٕ ذہنی پریشانیہٕ متہٕ سام ہینہٕ آمژٕ، تہٕ عام انسانن ہندِ ہنٛدین
کنہٕ ہمارٕ تہٕ اوریزوی تہٕ چھِ زلواکنہٕ آمژٕ ہیم آدمی سۄمبرِ من پیٹھ
ہینہٕ مانی یاسہٕ تہٕ پلوٗرِ منہٕ سپدنہٕ سببہٕ وٲلِنجہٕ تٕتر ژلان چھِ ۔

کینژن افسانن چھِ تم مخصوص حالاتھ تہٕ لوٗت منظر فراہم کران یم پنچ ژوس دورِ دہشتن دوران ماجہِ کشیرِ باگہِ آے ۔ نادو وژن، بوٗندوق وُزُن، لوٗکن ہند وٲلنہٕ، ژٕنی یاکھوٗن، تہٕ بیٚیہِ سیٚٹھاہ نارہٕ تراوِن حالاتن منز تہٕ بچ یٲری آدمی دوسی تہٕ منوشہ لول وُزُن!

افسانہٕ صنف یوٗدوٚے دوٚنی کتھہِ کالہٕ پیٹھہٕ دلیلہ داستانہٕ آیہ راست ژوسی یہ رواد وزچھنہٕ روزمرہ مگر دعوس سوٗمبرنہٕ منز شامل ساری افسانہٕ چھِ یمنہٕ سبز پرینہٕ دِمہ نہٕ صرف الھیابیالکہ کتھہ باوان بلکہ سماجی اصلاحک تہٕ انسانی دِل سوزیہ ہند تہٕ ظون بیدار کران ، تہٕ تُوٚلکھ چھِ یمو منز اکثر افسانہٕ کشیرِ ہندِس موجودِ دورس تہٕ کاشرِ لوٗکن ہنزِ اَزی چہ راتچہ زندگیہ ہنز [illegible] ژلنہار آسنہٕ کنی بیٚنُن مخصوص لگہ باریہر شادان ۔

افسانہٕ لیکھن والی محی الدین ریشی صاحب چھینہٕ تعارفکی موحتاج ۔ تمو چھِ "آلو" ناوک رسالہ کاشرِ زبانی ہند اکھ سیٚٹھاہ اہم رسالہ بناوتھ تمام کاشرِ ادبی حلقن منز شوہرتھ تہٕ سو رخروٗیی ہراوہرِ ۔ دومید چھِ زِ پننہٕ ادبی صحافتہٕ ہندی پاٹھی دِیاوَن ریشی صاحب قریبی آیندہ کالس منز یمنہٕ افسانوی قلمکاری ہیٚنہ تہٕ مزید لوٗبہ وٗن جہار ۔

[signature]
4 جون 2007ء

---

اَنہٕ آتش' افسانہٕ سوٗمبرنہٕ پیٹھ راۓ ہی صاۓز یہ راۓ چھس بہٕ تبرکن تہندی اتھہٕ چھاپ کران ۔
محی الدین ریشی



# پیشِ گُفتار

کأشرِس منز چھےٚ افسانہٕ نگأری ہنٛز کول سانٛن آبہٕ ندَن ہندی پأٹھی ہَنا نِکے ہٕژ تہٕ شٕٹھے ہٕژ ۔ ازچھِ گٔژتاہٕ افسانہٕ نگار پَننہِ قلمٕچ روأنی برجستہٕ تھأوِتھ ۔ اَختےٚ چھپن وألی افسانہٕ چھِ وار یاہ کم نظرِ گژھان ۔ اَتھ ہکن سبٕتھاہ وجہ أسِتھ ۔ مِثالے زِ أزی کَس ماحولَس منز چھُہ کتھ کرنَس گٕمے وار بنار رٕو دمُت ۔ کتھ ہےَ کرَ وتہٕ حالاتن ہندِس گُنہِ ڈیٖنگس ماگژھِ وژھرتہٕ یہِ ما یِیہِ پَننہٕ نِسے جانَس تانَس وَلنہٕ ۔ دوٕیُم زِ ٹی وی چَتلو چھُہ سورُے ابسومُت حال اوحال ووٚتھ کوٚرمُت ۔ اَزگس چھِ اَچھر گوٚٹن وٕلِتھ، تہٕ سُہ تہِ کأشری

پأژھی............ افسانہٕ پرٕنچ رغبت یا ہسکتھ ۔ اَز یَیلہِ ٹی وی چتلہٕ نۆن مَسالہٕ ترٛأوِتھ تہٕ نَنہِ کھوتہٕ نۆن سورُے أچھن کۆژھ دِوان تہٕ رٕنزٕناوان چھہِ ۔

اَتھ کٕڈ رِس وَقتَس منٛز چھےٚ محی الدین ریشی سٕنز "أنہٕ آتَش" ناوِ یِہِ افسانہٕ سۆمبرن پزٕی معشوقہٕ سٕندِ بُتھکی تم روٛبٕ ہی دِل رُبا باسان یِم تَس اَسن وِزِ وُٹھن دٕ چھنی کھوٕری بوزنہٕ یِوان پھہِ ۔ أنہٕ کھنجہِ ہی نِکی تہٕ ٹٕٹہ وارس منٛز غأب۔ یِم افسانہٕ زَن چھہِ روایت برٛونٛہہ پکہٕ ناوٕنک سفروٕ کھٕلی قدم ترٛاونہٕ بدلہٕ وُپھ تُلِتھ طے کران ۔ یِمنہٕ باون ہأری کٕنز تِہ تہٕ پنٕنو موضوعو تہٕ کردارن ہٕندِ انہارٕ اظہار کٕنز تہٕ ۔ یِم چھہِ أزی چہِ کٲشُرٕ ہندی وأری داتھ۔ ژوٕکی آتش ہی، ٹیٹھی زَہر ہی، مگر سأ دروارتہٕ عکس اندر أینہٕ ۔ خبر یہ چھا ماجہِ بُترٛأ ژھُند سَتر تہٕ ساوٕر رٕژھراوَن والہِ اوزون OZONE پَرٕ دُک تنہٕر، کٕنہٕ ٹیکنالوجی ہٕندی تیز ہاپت پنجہ کہِ من مداین منٛز ژھٕبھ دِتھ تیوٚ نگل بالن ہُند وولُن کِنہٕ خبر کیا؟ اَز چھہ اِنسانہٕ سُند أندریُم حیوان بڑ ھ تُلان نبر دژ امُت ۔ یہ آسہِ ہے دوہے اَسہِ بیٚنہٕ منٛز ۔ مگر وار یاہَس حدس تام اوس رأ سے ہٕتھ ۔ اَز چھہ یہ یَلہٕ گرٛہتھ پنٕنہِ اصل خصلت ہاوان ۔ کٲشیرِ منٛز یِم پٕتی مٕہن وٕری ین منٛز داہ درداہ رَتہٕ کولہٕ گژ ایہِ ماران روزٕ ، خبر تِمو ستی تہٕ ما آسہٕ أمس کھہرن لُجمٕ ۔ مگر از چھہ سون سماج وُکرے تِمن بُتھن تہٕ بٕتھٕ ژامرٕن خصلتَن ہُند ہالہِ مأ دان ہیوٚ ۔

محی الدین ریشی سٕندی کِردار چھُنہٕ تِہندِ خیالٕکی پیداوار۔ یِم چھِہ کوچو، گُٹھو، بازرٕ و، وٕٹھو تہٕ وَتو پیٹھٕ قدم تُلِتھ تِہندِ ین افسانن منٛز ژاٗمتی، بِلا اجازت تہٕ بےٚ شوٗنکی پأٹھی ۔ ریشی سٕندی قلمَن چھُہ صرف درواز کرِس تھَپھ کرِتھ بَر پوٚٹ یَلہٕ ترٛ وومُت ۔ افسانن ہٕندی موضو چھِہ پَننہِ باۄژہنٛز ژأرتہٕ کران۔ موخصر۔ سیٚدِ سیوٚد تہٕ ہجرٕ و کجرٕ و ورأے۔ خبر یہِ ما چھُہ ٹیلی ویژن کیمرہ ہَن ہُند مُدے گنڈٕن ہیوٗ۔ یِتھ منٛز رمز، کنایہ استعارن ہنٛز یاتہٕ رغبت چھَنہٕ یانہ ضوٚروٗرت۔ ریٚشی سُند سوچ چھُہ یِی زِ یَتیٚن نَنبرِ وَننگ تہٕ عریاں گژھنگ سمے تہِ یوان چھُہ۔ تہٕ یتھ مجموٗعس منٛز چھِہ یَتھی مقام سولبہٕ سولبہٕ۔ تِتھٕن تہِ چھُہ سُہ پَتھ ہوان تہٕ نظرِ نوٚ مرأوِتھ کتھ کران۔

یٚیمہِ سوٚمبرَنہِ ہنٛزٕن کتھن دٔلیلن ہنٛز خوٗبی چھےٚ یہِ زِ تِم چھِہ پانے پَنُن بَل بُتھ ہاوان۔ یِمن ہندی کردار چھِہ تِمہِ آیہِ چوٗنکھرانہٕ آمتی زِ تِمَن ہُند زیٹھہِ زیوٗ ٹھ تعارف کرنٕچ چھَنہٕ نو بتھے یِوان۔ صرف تِمن کُن أنہٕ ہاوُن تہٕ تِم چھِہ پَنُن سورُے کینٛہہ ہأوِتھ دِوان، مثلن 'بوچھِہ' افسانٕک کِمسٹری ہُند پروفیسر۔ تسُند حال اوحالے چھےٚ تِسنٛز بوچھہِ ہرٛ آشنہِ ہند ین مکالمن منٛز تِسنٛز پنٛنی کمسٹری ہاوان۔ 'دود' افسانس منٛز چھُہ کردارن پَتہٕ گنہِ معیشت کہِ بے نیأزی تہٕ بے پروأیی ہُند طاقت وَراتھہٕ تہٕ یِی چھُہ 'آکار' افسانٕس منٛز۔ 'ژھل' افسانہٕ چھُہ ژھل

ضۆرۆر ہاوان مگر اَتھ پَتہٕ کنہِ چُھہ رضیہ نہِ پَننہِ رتہٕ گژ ایہِ ہُند لمبُکھ تہِ موٗجوٗد۔ وُق تہٕ بُرٛبم چھہِ سانہِ سرٛ ودِ خانداننک پھُٹرن تہٕ تتھ پَتہٕ کنہِ خود غرضی تہٕ نفسانفسی ہُند لرزٕ انگیز منظر ہاوان۔ زِٹھبن تہٕ بُرزگن ہنٛز یہِ باش اُس مغربی دُنیا کِہن صنعت زدہ ملکن منٛز واریاہ بروٗنہہ ئنٛی دژ امٕژ مگر وونی چھےٚ اَسہِ منٛز تہِ AIDS بیمارِ ہندی پأٹھی نمودار گأمٕژ۔ یہِ چُھہ ہاوان زِ ٹیکنالوجی تہٕ تجارتی دُنیہس منٛز چُھہ مغرب تہٕ مشرق سۆمِس سۆم تہٕ زن نالہٕ دِوان۔

ثنا خوانِ تقدیسِ مشرق کہاں ہیں؟

بہٕ چُھس مانان زِ ریشی سُند 'اَنہٕ آتش' ناوُک یہِ مجموٗعہ چُھہ کأشرِ افسانہٕ چہِ عصری آگہی ہُند ثبوٗت۔ اَمہِ چہِ باون ہأری تہٕ کردار نگأری ہٕندی وصف چھہِ اَتھ اکھ سبٹھا اہم افسانہٕ سۆمبرن بناوان۔ تہٕ کأشرِ افسانہ نگأری اکھ نوٚہنہٕ، سُتھر تہٕ تازٕ بہ تازٕ پرٛزنتھ عطا کران۔

**محمّد یوسف ٹینگ**

تُلسی باغ۔ سرینگر

یکم شہرِ رمضان ۱۴۲۸ھ



# پنٕنز کتھ

کأشرٕن افسانن ہنٛز پنٕنز کِتاب چھاپنٕگ اوس نہٕ مےٚ وٕنہِ کانٛہہ ظوٗن۔ ووٚں گوٚو کیٛنٛہہ حالات بنے یہ تِتھی زِ میٛأنٛس آورِیس لوٚگ اچانک ژھٕنن تہٕ مےٚ باسیوٚو پنٕن پان یِہوے رووُمُت ہیوٗ، تِکیٛازِ یِمیٚ شخصن وُمرِ موٚزوٗری آسہِ کٔرمٕژ، چاہے سو قلمی آسِتن یا جسمأنی تس چھُنہٕ بیکار روٗزِتھ قرار یِوان تہٕ چھُہہ بنان وُبألی۔ میٚتہِ ہیٚژ یوٗن تی گرٕژھُن مگر پنٕنو ٹاٹھو دوستو دیُتہَم حوصلہٕ تہٕ بہٕ لوٚگُس پنٕنہٕن افسانن ژأر کرنہِ تہٕ اتھ! اکھ کِتأبی شکل دِنہِ۔

کُنہِ مسودٕس کتاٲبی شکل دِنی اوس نہٕ میانہِ باپتھ کانٛہہ نۆو تجرُبہٕ، ووں گوو یہِ ٲس مےٚ چونکہ پٔنٕنۍ گوڈنیچ کتاب، تہٕ پَنہٕ نِبن لیکھن پانٔے ژٲرکرِنی باسیوٚم ہنا کرٛوٗٹھ پہَن۔ تِکیٛازِ اکثر قلمکارن چھہ پٔنٕن سورُے لیوٚکھمُت رُتُے باسان۔ اما پوٚز مےٚ ٲس نہٕ پٔنٕنین افسانن متلق کانٛہہ خوش فہمی تِکیٛازِ یِم ٲسۍ یَسلہٕ کٲشرِ افسانو نِشہِ اکھ بِدون وَتھ پانہٕ نٲوِتھ قٲرِیس پٔنٕنۍ کتھ باوان۔ پٔنٕن یہِ الگ طرزِ بیان نوٚن کڈنٕس اوسُس نہٕ بہران، کھوژان اوسُس زِ کانٛہہ گوٚ ژھنہٕ وَنِن زِ ''ناوتھوٚ دتہٕ نَستہِ گوٚڈ''۔۔

بہرحال یِتھہٕ تِتھہٕ گرِم افسانہٕ جماعتہٕ تنقیدی رایہِ باپتھ سوٗزِم کٲشرِ ادبہٕ کِس پایہِ بڈِس شاعرتہٕ تنقید نگار پروفیسر رحمٰن راہی صابس، یِہنٛزِ برکتہِ از کٲشِر زبان نہٕ صرف ملکس ٲندۍ کہ پوٗرِ دُنیہَس منٛز زانہٕ تہٕ مانہٕ آیہِ۔ تِمنٕے دوٚہن اوس یِمن گیان پیٹھ ابوارڈ دِنُک اعلان سپدمُت۔ چونکہ اتھ سلسلس منٛز روٗدۍ تِم کینٛژس وقتس آورۍ تہٕ اتھ دوران لوٚگ میوٚن مسودٕ اَتہِ ژھیپھ دِتھ کتھ تام کوٗنس۔ راہی صاب گٔیہِ بادکھہَن پریشان زِ مسودٕ کوٚت گوو، مگر تِہنٛزِ آشنہِ ہُند چھُس بہٕ سبٹھاہ شُکرگزار زِ تِمو لوٚب مسودٕ تہٕ راہی صابن دِژ میانین افسانن متلق پٔنٕنۍ رایہ، یوسہٕ بہٕ تِہندی اتھہِ بطور تبرُک چھاپ چھُس کران۔

مےٚ چھُہ پَتھٕ خیال زِ کانٛہہ تہٕ کتاب چھےٚ توٚ تام نامکمل یوٚ تام نہٕ تتھ متعلق جناب محمد یوسف ٹینگ صاٛبنۍ راے حاصِل آسہِ تِکیاز ِ یتھ کتھِ چھُنہٕ کانٛہہ شک زِ ٹینگ صاٛبس چھےٚ کاشرِس ادبس پیٹھ سبٹھاہ سٔنٛز تہٕ گٔنٛز نظر تہٕ چھہِ بہترٟین تنقید نگار، محقق تہٕ تہذیب شناس گنزرنہٕ یِوان۔ تِہند دیٛت چھُہ زَنتہِ نبس پیٹھ آفتاب یُس پَننو زِژوٕ ستۍ کاشُر ادب پرٕزلاوان چھُہ۔ مےٚ کٔر تِمن گزٲرِش زِ تِم ہِمن میٲنِہن افسانن سام تہٕ یوٚ دوَے ٹارِ کھسنکھ تہٕ لیکھن پیشِ لفظ۔ بہٕ چھُس تِہند سبٹھاہ شکرگزار زِ آوریر باوجوٗد دیُٛت تِمو میٲنۍ سٲری افسانہٕ تہٕ پَننہِ طاقتور قلمہٕ ڈٕسی کھولکھ مےٚ بوش تہٕ بنوٚو کھ میٛرِ سون۔

رٲہی تہٕ ٹینگ ہِوو بزرگ لِکھارو علاوٕ چھہِ میٲنِہن افسانن متعلق ڈاکٹر آفاق عزیز تہٕ رحیم رہبر ہِوہن نوجوان قلمکارن ہندی تاثرات تہٕ کتابہِ منٛز پیش کرنہٕ آمٕتۍ۔ بہٕ وَنہٕ یہِ زِ یوٚ تام نہٕ میٲنِہن افسانن ہنٛز یہِ کتاب عام قٲری یس تہٕ ٹارِ کھسہِ توٚ تام ہیکہٕ نہٕ بہٕ وٕنتھ زِ کتاب کڈِتھ چھُہ مےٚ کانٛہہ طورٕ کوٚرمُت۔

کٔشیرِ ہندِ بہترین کاتبن منٛز شمار گلزار اطہر صاٛبس متعلق چھُہ وَننہٕ یِوان زِ تِم چھہِ کام باملٕ انٛنس منٛز سُست رفتٲری کام ہِوان مگر میٲنۍ کتاب کمپیوٹر کمپوزِنگ کرنس منٛز ہاوٕ تِمو واریاہ پھُرتی تہٕ کیٛنژن دوہن منٛز ے

گٔرِکھ تیار۔ مگر میأنی بد قسمتی زِ تِسندی کمپیوٹرن وٕتر وونہٕ میأنہِ کتابہِ ہُند بارتہٕ اِچ سافٹ کاپی گٔیہِ مُلہٕ مونجہِ غاٲب تہٕ رہتہٕ وادلٕگی ژھارنٕس ہٕتی، تہٕ یِیلہِ نہٕ لینچ کانٛہہ سبیل ممکن باسیہِ کاپی پیٚیہِ نۆسرِ کمپیوٹرس کھاڈنی، یہٕ تام شےٚ رہتھ ضایہِ گٔے۔ خاٲربہٕ چُھس پانس پہِ ٲنتھ تسلی دِوان زِ دیر آید دُرست آید۔ وون گووٕ اکھ فأیِد آو یہِ زِ نگھ، اَتُر، ایس آر او، فیس، احساس، شناخت تہٕ آلُن ہوی نٔوی موخصر افسانہٕ تہِ آیہِ سومبرٕ نہِ منز شأمِل کرنہٕ۔

ٲخرس چُھس بہٕ تِمن تمام دوستن تہٕ رفیقن شکریہ کران ییمو مےٚ کتاب تیار کرنس منز کانٛہہ اتھہٕ روٹ کۆر۔ ہٕتی چُھس محمد یعقوب صأبُن تہِ شکر گزار ییمو کتابہِ ہُند سرورق بنأوِتھ اتھ شوٗب ہُرأو۔

محی الدّین ریشی

یکم فروری ۲۰۰۹ء

# بوٗچھہٕ

سرآپ کے بچے کہاں ہیں؟

پروفیسر امیٖنس زنتہٕ یہِ سوال بوٗزِتھ سورفہٕ ٹوٗپھ ئُج ئمی وُچھ سوال پرٕژھَن واجنہٕ کورِ کُن یٖیمہِ اِنتہائی معصوٗمیتہٕ سان یہِ سوال پرٕژھمُت اوس یوسہٕ تَس نِشہِ گرِ گروپس منٛز پَران اَس۔ پروفیسر صائبَس باسیوٗ وزِ سورُے گروپ اوس تَس یوہَے سوال پرٕژھان

سرآپ کے بچے کہاں ہیں؟

سرآپ کے بچے کہاں ہیں؟

یِم لفظ روٗدی وارِیہَس کالَس کمرس منٛز بازگشت کران تہٕ پروفیسر

امین لوگ کلس اَتھہٕ دِتھ سونچنہٕ تہٕ تمہٕ کورِپرٛ ژھُس ''سر۔۔۔آپ مجھ سے خفا تو نہیں ہو گئے۔میں نے تو۔۔۔یونہی پوچھا تھا''۔

پرٛوفیسر صأبن لوٚب پانَس پپٹھ ہَنا قوبوٗ تہٕ مصنوٗعی اَسَن رِکھ وُٹھن پپٹھ أنِتھ ووٚ نُن ''نہ۔۔۔اَتھ منٛز چھیٚنہٕ کانٛہہ ناراضگی۔کلس کوٚر نَم دود ہیوٗ۔ بَس اَز گو ویتے پرٛن''۔

اِمین صأب اوس کمسٹری ہُند نامی پرٛوفیسر۔أمِس أسی وُہ وٕری کھاندرس ٕتی گمتی مگر اولاد اوسُس نہٕ کانٛہہ۔پنسہٕ ٹوٗک اوس سبٹھاہ کماوان مگر کھیٚنہٕ واجیٚنہٕ صرف اکھ آشیٚنہٕ سکینہٕ،یوٚسہٕ تَس بروٗنٛہہ کنہِ تنہٕ بُتھ لدِتھ روزان أس ینہٕ سو دِلہِ علاج کٔرتھ واپس آیہِ۔تَس اوس تتہِ یہِ نَنیوٗمُت زِتَس چھنہٕ کانٛہہ کسَر ئلِکہِ اگر کسَر چھےٚ سو چھےٚ پرٛوفیسر صأبس۔تِکیازِ تمہِ أس ڈاکٹرٕ سنٛز یہِ کتھ پانہٕ بوٗزمٕژ یوسہٕ تمِ تَسندِس خاوندس وٕنی منٛز أس۔

"Sorry your wife is alright, but you have a very low sperm count"

سکینَس اوس شُربن ہُند سکھ اَمار تَوے أس سکول بچن تھلہِ تھلہِ وُچھان روزان مگر کانٛہہ اوسُس نہٕ بروٗنٛہہ پکان۔وونی گو واکھ سفید ہونہِ بچہ اوسُس ڈٕے دوہَس مُدٕ ے گنڈِتھ روزان،تِکیازِ سکینہٕ أس تَس برٛژ رَچھان تہٕ بسکٹ دِوان تہٕ ہونہِ بچہ تَس بروٗنٛہہ کنہِ لٔٹ رِگلوی رِگلوی یہِ ڈٕپی زِ تہِ بوسہٕ گٔری گٔری الکنہٕ تہٕ وَلنہٕ یِوان۔تہٕ سکینہٕ تیژ خوش گژھان زَنتہٕ سو ہونہِ بچَس

بجایہٕ پَننہٕ مَرِ آمتِس بچس ستی گندان اُس۔ ییتھ پأٹھی اوس یہِ دوٚپ پوٚز
باسان زِ ''پوترٕ بوچھہِ ہۄن کوچھہِ''۔

یہِ ہونہٕ بچہٕ اوس تَس ہونہٕ ہُند یوسہٕ اَز کالونی ہنٛزِ گلی منٛز بییہٕ پیاٛمُت
اُس۔ سکینہٕ اُس تَس کموٗ تام چیٚشمو مُدٕ ے گنڈان تِکیاٛزِ اَز اُسی اُمِس ستھ بچہٕ
زامتی تہٕ یِم بچہٕ ییمہِ ساتہٕ یِکہٕ وَٹہٕ دزٕسہٕ دی دی موم چوان اُسی سکینٛس اُس
ساریِ سےٕ سپنٛس زَنتہٕ سوسراے ووتھان تہٕ یکدم اُس دوشوےٕ اَتھو پٔنن سینہٕ
ژۄ رِتھاوان۔ تہٕ بُتھ اوسُس ووشلنہٕ ستی نارٕ تیُک گژھان تَس اوس اَمہِ وِزِ پٔنن
پان اُمِس مقابلہٕ سبٹھاہ کم پایہِ باسان۔

اَتھ برعکس اُس پروفیسر صأبس ہونِس ہنٛزِ سَخ رِش تہٕ سفید ہونہٕ
بچس اوس پزٕ بتھ وِزِ کھۄتی دِوان۔ اَزییلہِ پروفیسر صأبن ہونہِ بچس کھۄنت
کوٚڑ سکینٛس کھوٚت خشم تہٕ کوٚرُن پانس ستی فأصلہٕ زِ اگر اَز اُمی میوٗن چارٕ
کوٚرنہٕ سوٚ ژَلہِ مالیُن۔

''دوٚ بچے دُنی یہس چھکھ کمسٹری پرناوان مگر پننہِ کمسٹری نشہِ چھکھ
زأنتھ مأنتھ لاعلم روزنچ کوٗشش کران۔ میوٗن چارٕ کر، بہٕ چھس ییتہِ ہۄنی
مُشیدِ ہنٛزِ جن ہِش باسان۔ کینٛہہ کر۔۔۔۔ ہُشار گژھ۔۔۔۔۔ اَسہِ گُس
دِیہِ پگاہ نگھ۔۔۔۔۔۔'' ؟

پروفیسر صأبس باسیہِ یم لفظ پأنس ژٕٹان ژٕٹان وَسان۔ أکِس ژٕہِس سوٚنچ تمی زِ سُہ تراوِدارِ کنی ووٚتھ تہٕ مارِ پُٹن پان، تِکیازِ تَس گوو پننہِ ژھوژرُک احساس یمہِ کنی تمی پننہِ آشنہٕ ہنزِ شخصیژ ہُند تکمیل ہیوٚک نہٕ کٔرِتھ۔ مگر تمی سمبول پُٹن پان تہٕ لوٚگ وَننہِ :

"ہے بہٕ کیاسا گرٕ خوداصأبنس یژھنَس۔ خبر کیاہ چارٕ آسہِ تمی سون کوٚرمُت"۔

"ژٕ کُس پروفیسر چھکھ، دَپانَے ساینسن چھےٚ واریاہ ترقی کٔرمژ۔ کیاہتام ٹیسٹ ٹیوٚب چھہ بارَسس آمُت تہٕ بچہٕ چھہِ ہٕکان پأدٕ گژھتھ۔ مےٚ ہے پانہٕ ٹی وی یَس پیٹھ یہِ سورُے کینْہہ وُچھ"۔

"یہِ کیاہ سا گوو خوداصأبنس یژھنَس اُلٹ کرُن بہٕ ہکہٕ یہِ کٔرِتھ، ژٕ ےچھے نہٕ پتاہ أسی کتھ سماجَس منز چھہ روزان۔ ٹاوَس ہے تُلہٕ ناوٕہم۔ چھُنا صلح کانْہہ زاشُر انون تہٕ رَچھہ ہون تہٕ تہٕ پأٹھی ژٕلی ژٕےٚ تہٕ شُری بو چھہٕ تہٕ سون گرٕ تہٕ گژھہِ آباد"۔

"مےٚ أس موج جنتی لوکچارس وَنان زِسأنس پژ أنس محلَس منزٕ اوس مَلہٕ گُلہٕ ناوٕ اکھ دانْدُر۔ تَس تہٕ اوس نہٕ کانْہہ شُر تہٕ امہِ امارٕ اوس پژ بتھ دوہہ صُبحے نمازِ پتہٕ مخدوٗم صأبُن کھسان تہٕ منگہٕ منگ کران۔ اکہِ دوہہ وُچھن ہیرَن پیٹھ

اکھ زا بچہٕ یُس کُمی تام اَتہِ ترٛ وومُت اوس۔ مَلہٕ گُلن تُل یہِ بچہٕ تہٕ اوٚ نُن گرٕ رو چُھن ۔ دَپان سُہ بچہٕ گرٕ اَنہٕ ستی بدلییہِ ملہٕ گُلنۍ جیتھے"۔

"تیٚلہِ اَنہٕ ہأنہٕ ژٕ اَز بچہٕ۔ اَہن ساتلہٕ ساژ کرژھو پہٕ ژےٚ ہَسا چُھے کلسٹر ال تہِ زیادٕ تہٕ پریشر تہِ مہ کھال پانَس شأستی، دَواتہِ چُھے مُشتھے گژھان۔ مےٚ چھےٚ زَنانہٕ ہسپتالَس منٛز اَکس نٔرسہِ ستی کتھ کٔرمٕژ تمہِ وون زِ کورِ بچہٕ ہیٚکہِ میلِتھ تِکیا زِ واریاہ لُکھ چھِنہٕ وونی اکہِ کھوتہٕ زیادٕ کورِ پأنۍ برداش کران۔"

کینٛہہ دوہ پتہٕ ووت پروفیسر صأبس کالج فون تہٕ ووٚنہٕ ہَس زنانہٕ ہسپتال جلد واتُن ۔ تُمی ہِندِس بُتھِس لٔج شادمأنی ہنٛز پُھلَے ۔ ہسپتال ووت تہٕ زٕ ساس روپیہِ اَدا کٔرِتھ میوٗل تَس اَکھ کورِ بچہٕ۔ پروفیسر صأبن رَلو موبایِل فون گرٕ تہٕ وٕنن یہِ رٕژ شیٚچھ پَننہِ آشنہِ ۔ سکینن بوٗز فونَس پیٹھ بچہٕ ہنٛز وَدَن کربکھ۔ تَس لٔج وأنجہِ تھپھ ہش ۔ اکہِ طرفہٕ گٔیہ سو سبٹھاہ خوش دویمہِ پاسہٕ باسے یہِ تَس دِلَس دُبراے تیز گژھان تہٕ ترٛیشہٕ دام چیٚتھ روٗز دارِ پیٹھ مُدٕ ے گٔنڈِتھ۔ پروفیسر صأبس ہیوٚتُن ژیر گژھن۔ سکینہٕ گٔیہ یہِ وِچھتھ حأران زِ ہونہِ بچہٕ اوس یہندِس آنگنَس منٛز اورٕ یور کران تہٕ پان رلِتھوی آسمانَس کُن وچھان تہٕ میژ تچھان۔ سو گٔیہ أمی سنٛز یہِ بے قرأری وُچھتھ سخ پریشان تہٕ ہیٚرٛ نَس عأرقہٕ ژھٹہٕ پھیرنہِ، آس تہِ ہیوٚتنَس ہو کُھن۔

پروفیسر صأبن یتُھے گرٕ قدم ترٛ وو ہونہِ بچہ وُچھن وٕنگان یُس تَس زنگن وَلنہٕ آو۔ اَز لوے نہٕ تَمیٚ أمِس کھۄنت ئلۍ کہِ دُرٕژے بَلایہِ' وَنان ژاو اندرتہٕ سکینس آلو دِوان کھۄت بچہ ہتھ ہیوٚر۔ مگر سُہ گوٚو یہِ وُچھتھ رۄ زِتھ زِ سکینہٕ أس کُٹھس منٛز دَرس لٕجمژ، بچہٕ ہنٛز آواز بۄزِتھ کھوجبن دونوَے أچھ۔ پروفیسر صأبن تھوٚو بچہ سکینس وَچھس پیٹھ تہٕ وَچہٕ نَس أچھ۔ سُہ لوٚگ اَسنہِ۔

۔۔بے وایہِ اَسنہِ ۔۔۔خبر کیاژ زِ!!!

اپریل۲۰۰۰ء

...

تیٚمی ہیوٚت سے ہوٚت أندری أندری

لوٚت لوٚت سوٚت أندری أندری

غلام احمد عاؔبد

محی الدین ریشی

# ژَھل

رشید چُھ از بێیہِ رأتی راتَس ہُشار سگریٹ پھوٗنکان۔ اکہِ طرفہٕ ہمسایہِ رَمبہٕ چیرأسی ہٕندی خوفناک کھرٛ وکھ تہٕ دوٚیمہِ پاسہٕ وَسہٕ تالوٗس مٔژگرن ہٕنٛز دَہٕو دَوٚ تَس بےٚ قرار کران۔ اَمہِ باوجوٗد یتھے سُہ لَرترٛ اوٚنچ کوٗشِش چھ کران تَس چُھ پٔتی مہِ آتھوارِ ہُند سُہ خاب تَھرٕ ٹُلان یتھ منٛز سُہ اکھ رامہٕ ہوٗن کورٕ بن پوشاکس تِلمہٕ گرِتھ چھو کہٕ دأوی کران وُچھان چُھ۔ رشید چُھ کربکہٕ کربکھ کران مگر کأنہہ اکھا چُھنہٕ بروٚنہہ پکان تَس چھےٚ یہِ وِچھتھ پَنَنس وجوٗدس دِنَن گرٛ ھان تہٕ وَنان خودایا 'افو' یہِ کیٛاوُ چھ مےٚ۔ سُہ چُھنہٕ یہِ خاب کأنٛسہِ تہِ

ہبکان وُنتھ ، نہ چھُھ پَننہِ آشنہِ سلیمَس وَنان۔ تِکیاز ِسو چھَسنہٕ کاتِہ کالہِ پٹھٕہ سیّد بتھہِ کتھ تہِ کران، وجہ چھُھ صرف یہِ زِ تَس چھُھ باسان زِ ہیڈ کلرک آسنہٕ باوجوٗد چھُھنہٕ رشید زانتھ مانتھ پَنَنِن کورِن نوکری لاگناوان۔ یِمہٕ شکلہِ عقلہِ تہٕ تالیم یافتہٕ آسنہٕ باوجوٗد مانزِنَم ہتھ پڑاران چھےٚ۔

مُنزِمی یارِ چھہِ تَس وَنان زِ یوٚت تامَتھ نہٕ تَسنزِ کورِ نوکر پیش لگن تِھنڈِ باپَتھ گرِ ژھارنی چھہِ مُشکل، تِکیاز ِازکل چھہِ ووستہٕ کارتہٕ دُکاندار لڑکن ہنزِ تہِ یِہاے فرمایش زِ لڑکی گژھہِ نوکری واجِنٕۍ آسنٕۍ۔ تہٕ شریف تہٕ زبر گرٕچ ضمانت تہِ چھےٚ لی مانہٕ یِوان۔ سلیمہٕ چھےٚ اَمہِ باپَتھ سخ پریشان تہٕ یاد چھُس پیوان زِ کورِن ہنزِ نصف وانسہِ اَس سو مائج بنیمٕژ۔ تَمہِ کوٚر قصد زِ یوٚت تامَتھ نہٕ کورِن نوکری لاگناوِ سو بیٚہہِ نہٕ پَتھ چاہے اَمہِ باپتھ تَس پَنُن پان کٔنُن پیِٚیہِ۔

سو چھےٚ یِمہٕ کتھہِ باپتھ حاران زِ رمبہٕ چیر اَسی کتھہٕ لاگناوِ دُہی مہِ جماژ پاسے ساری شُری مُلازِم زِ تسُند خاندار چھُنہٕ اَکس کورِ تہِ مُلازِم ہبکان لاگناوِتھ۔ یِیلہِ زَن تَمہٕ ترٚ بنوے گریجویٹ چھےٚ۔ تَس آو خیال زِ چھُنا صلاح سو سمکھہِ رمضان بٹس یَس لوٚکہ رَمبہٕ چیر اَسی وَنان چھہِ۔ تہٕ وَنِس زِ نوکری

ِکتھ چھِ لگان۔

رمضان صأب تُہۍ چھوٚ حض وارٕ ے !

اوسلیمہ جی !

کیٛا ساسائٕنس گرس ِکتھ کھوٚت ازآفتاب ؟

مےٚ حض اُس توٚ ہہِ کتھ ِرٛژھا وَنۍ !

ہےوَن سا کیٛاد۔لیل ؟

مگر گوڈ کرحض وعدٕ زِ یُتھ نہٕ رشیدصأبَس کنن گژھِہ زِبہٕ

اُسس یورآمژ۔

سوالے چھُنہٕ وَن سا ژٕ !

بہٕ حض اُسس وَنان زِ اگررضیہِ ،رفیقہٕ تہٕ رومانہٕ نوکری لگہٕ ہأن

مےٚ ژلہِ ہےفِکر۔بہٕ حض چھَس پہندِ باپتھ سخ پریشان !

بَس یہَے چھا کتھ گوڈ وَنے کتھاپہٕ ژٕ کھیٚتی !

چون خاندارہَسا چُھ خوشک پہَن نتہٕ کوسہٕ کتھ چھےٚ یہِ۔

ووٕنۍ گو وأمہِ باپتھ پیٚیی ژٕے کیٛنہہ قوربأنی دِنۍ !

بہٕ حض چھَس کانہہ تہِ قوربأنی دِنہٕ خأطرٕ تیار !

بَس تیٖلہِ ہے اندیٖیہِ کاّم !

بہٕ گرٛھہِ صُبحاّ ے افسرس تہٕ پگاہ شام تام وَنے شیٚچھ !

سلیٖمہِ دژایہِ واپس تہٕ لٔج سونچنہِ زِ یہِ کیاہ ووٚن مےٚ ۔ بہٕ کوسہٕ قوربأنی ہیکہٕ دِتھ ۔ کہِنہٕ تہِ چھُس نہٕ فِکرِ تَران ۔ ووٚنی گووخیال آس زِ کیٖنٛہہ سونہٕ وَس چھم تِمَے کِنہٕ تیٖلہِ ۔

دوٚیمَے ژٕ ہیکہٕ ۂن نا کانٛہہ تہِ کۄر ووٚنی نوکری لاگناوِتھ ۔ یہِ ہاسا اوسُم مٔنزِم یورِ وَنان زِ کۄر گرٛھہِ نوکری پیٚشہٕ ضرٛوری آسنہٕ ۔ رشید گووحاّران زِ اَز کر واریہہ کالی تَس پَننہٕ آشنہِ سودِلہٕ بیٖیہِ کتھ تہٕ لۄگُس وَننہِ زِ ژٕ ہاسا چھکھ سیٚز تہٕ چھےنہٕ پتاہ زِ اَزکل کُس کلچر چُھہ دفترن منٛز پاّدِ گوٚمُت کانٛہہ تہِ غاّرتمند اِنسان ہیکہِ نہٕ اَتھ ستی کمپرومایز کرِتھ ۔

مےٚ چُھنہٕ چون فلسفہِ کیٖنٛہہ تہِ فِکرِ تَران ! ژٕ وَن تہٕ مےٚ رمبہٕ چپرأسی کتھہٕ لاگناوِ پَننہٕ ترٛےکورِ تہٕ نِچُو نوکری ۔

ہے مَہ ساوَن مےٚ رمبہٕ چپرأسی ! سُہ ہاسا چھُہ بدمعاش کرساپانَس ژھوپہ ۔ وچھویمَن کیا آسہِ قسمتَس ۔ شونگ سا ۔

اَپارِ آسہٕ ترٛہوَے کورِ مأُلس ماجہِ ۂنزِ کتھہٕ بوزان تہٕ ووٚش ترٛاوان ۔

کلہٕ بون کُن تۆ اَوتھ سونچان زِ کیٛاہ گژھہِ یِہندِ باپتھ ٹھیک !
راتھٕے اوس تٔمِس ماجہِ وونمُت زِ تِم وۄتھن پَتنٕن کوٹھن پیٹھ تِکیٛاز مائِلس
رٕ دِکھووٕنی صرف شےٚ رتھ ریٹایر گژھنَس۔

سلیمن کٔر بجلی بند تہٕ ۄژھ بسترس منز۔ بجلی بند گژھنہٕ ستۍ گیہِ وسہٕ
تالوٗس منز گگرن ہنز دۄ دۄشروٗع تہٕ دارِ کنی چھہِ رمبہٕ چیرأسی سندبن کھرو کن
ہنز آواز شانت ماحولس عذاب دِہہ بناوان۔ سلیمہٕ چھےٚ بسترس منز صرف لَرِ
پھِرٕنی دِوان تہٕ سونچان زِ شاید چھہ گگرن بڈ ور زاگہِ، توٚے چھہِ یم دۄ دۄ
کران۔ بیپاری چھہ رشید تہٕ گگرن ہنز دۄ دِ ستۍ پریشان تہٕ نیٚون فاصلہٕ زِ پگاہ
اَنہ سہ ژھل دِوامہِ عذابہٕ نِشہٕ میلہِ تَس نجات۔

ہیلو ! سلیما جی چھا اَتہِ !

ہیلو ! تُہی کم حضٕ چھوٚ ہےٚ چَھس !

ہے رمضان بٹ چُھس ! دوٚہے حضٕ صَحبَن وونُم زِ شامَس گرٕ
یُن بہٕ چھُسَے پڑاران تُزُ تَس پیٹھ شیٛہ بجہِ!

"مےٚ ماچھہ کانٛہہ چیز ستۍ تُلُن" نہ سارضیہِ تُلی زبن ستۍ!

سلیمہٕ دژ اَیہِ رضیہٕ ہتھ گرِ تہٕ بُتھہِ پیٚوس رشید یُس اَتھس منز ژھل

ہتھ گرٕ کُن پکان اوس۔

تُہۍ کوٚت سادٕر اٲیِو ؟

سلیمَس ؤ ژھ تھٔر مگر سنبولُن پنُن پان تہٕ ووٚنُن ۔۔۔ مےٚ چُھ مالٕکین ضروری گژھن، خبر ژ یرِ مالکم ۔۔۔ رضیہٕ تُجم توٚے ستیٖ !

یِمہٕ واژٕ ترٕٚ تَس پتھ تہٕ چھےٚ رمبَس گاران یُس اَکِس وانہٕ پیٚنجہٕ پٮ۪ٹھ جنجیرٕ چوان اوس۔ تَس پٮ۪یہٕ سلیمَس کُن نظر تہٕ آو بروٚنہہ کُن۔ تہٕ دژایہٕ صحبَس سمکھنہٕ۔

وَتہٕ چُھ رمبہٕ چیرٲسی سلیمَس وَنان زِ اگر صحَب خوش گوٚ وسون مقصد گژھہِ پوٗرٕ۔

ژٕےٚ ہے مےٚ ووٚنتھ زِ ژھٔرٕ ےیُن، سُہ کمہٕ ستیٖ گژھہِ خوش؟

ژٕےٚ چھےٚ نہٕ فکرِ تَران سُہ گژھہِ خوش گژھن!

سلیمَس چُھنہٕ پَزی کینٛہہ فِکرِ تَران۔ اَتھۍ منٛز رُکوو رمبن آٹوتہٕ ژاو دَواوانَس منٛز تہٕ کیاہتام بوٚ رُن لِفافس تہٕ دژایہٕ بروٚنہہ کُن۔ گاٚنٹاہ گوو پکان تہٕ رمبن رُکوو بیٚیہٕ آٹو تہٕ سلیمَس ووٚنُن زِ اٲسی واٲتی ووٚنی۔ بُتھہِ چُھ اکھ لوکُٹ بنگلہٕ تہٕ ژایہٕ ترٛبوٚ ے اور۔ اَتہِ دژاو اکھ اَڈٕ وَرٕ موہنیوٗ تہٕ رمبن ووٚنُس حضوٗر

یِہنٛدُ ے اوسو وَنان بہٕ' !

وُلِو اُژِ و، بہناوُ کھ!

رمبن پلنو وُس لِفافہٕ تہٕ ژاو بٔیِس کمرس منٛز۔

رمبن وون ییٚہِ سلیمَس زِ صحَب گرٛ ھہِ خوش گرٛھن۔ سلیمہٕ وُ ژٕھس درجواب 'صحَب کٔتہِ چُھہ'۔ دوٚ پٔنس یہو ے چُھنا۔

او !

مگر باقےٚ بٲژ کتہِ چھہِ؟ ہے ژٕ کٲژاہ سیٚز چھکھ۔ یہِ ہاسا چُھہ گیسٹ ہاوس، بڑی لگھ چھہِ مہمانن یمنٕ منز سمکھان۔ ژٕ چھکھ نامہمان، توَ ے آو یہِ یور تہٕ مےٚ کوٚ رُن فون زِ یوٚری اُنی زبکھ۔ اکھتُے ووٚنُم زِ انجکشن اُنی زِ ستی۔ اُمِس چُھنا کمرس دود آسان۔

رضیَس ہیوٚتُن وارِ وارِ فکرِ ترُن زِ معاملہٕ کیٛاہ چُھہ۔ تَمہِ وون ماجہِ ممی ووتھی اُسی ہےَ گرٛھو واپس۔۔۔! ژٕھنی بلایہِ اَتھ نوکری!

نا ے ووٚنی ہا ے چھہِ آٚمتٕ وُچھو ہےَ کیٛاوَنہِ صحَب!

ہُیاٚری اُس رشیدنہِ گرِازشامہٕ پٔٹھےَ ژھوپہٕ۔ نہ اُس وَسِ تالوٚس منٛز گگردِ دَو تہٕ نہ رمبنٕن کھرہ وکن ہٕنز خوفناک آواز۔

رشید چُھ بےٚ قرار تہٕ سونچان پزٕ بتھ طرفہٕ کیاز چھےٚ یہے موٗتٕ

ژھوپہ ہِش۔

أتھی منٛز دژ اوتالوٗس اکھ کھوژوٗن ٹاس۔ سُہ کھوٚت باگبرِ باگبرِ ہیوٚر

تہٕ وُچھن زِ گگرژ ہلَس منٛز بند ژھرٕ ٹہٕ ژھرٕٹ کران۔۔۔۔!

فروری ۲۰۰۳ء

...

زندٕ روزنہٕ باپتھ چھی مَران لُکھ ژٕ تہٕ مَرٕ کھنا

لو تہٕ پأٹھی چکھا پیالہٕ کھواُف تہٕ گرٕ کھنا

رحمان رأہی

# وَق

ہیلو ہیلو !

تُہی کم حض چھِو !

توہہِ کوّت کوّرُ وفون ؟

مےٚ حض کوّر کیٛا ہتام نمبر ڈ اِیل تہٕ تُہی رَ لے یَو !

اچھا !

وٕ نِو کیٛاہ حُکم چُھہ ؟

از کُس حض تأریخ تہٕ وارکوسہٕ چھےٚ ؟

مطلب ؟

مےٚ حض چُھہ وَق رووُمُت تہٕ کاثِہہ چُھم نہٕ وَنان زِ وَق کوّت ووت۔

توہہِ کیٛاچھُہ وَقتَس کرُن ؟

بہٕ حض چھس وقتس پڑاران تِکیٛازِمےٚ چھُہ وَننہٕ آمُت زِمےٚ چھُہ

وق پۄہٕرکۄرمُت۔

کُس وق چھُتھ پۄہٕرکۄرمُت مےٚ چھُنہٕ چون کھنہٕ تہِ فکرِ تَران۔

مےٚ دِمعافی!

ہے ہے پننہٕ فون ژَ ٹکھ !

بہٕ چھُھس اَنہٕ گٹہِ گٹھِس منٛز شُربو بندتھۄ ومُت تِکیٛازِتم چھہِ مےٚ

ونان زِ ژےٚ چھُتھ وق پۄہٕرکۄرمُت تہٕ پڑارتورِکس آلوَس !

او، تۄرُم فِکرِ !

ژٕ ماچھکھ ریٹایرگۄمُت ؟

آ !

ژےٚ کتھہٕ تۄرُے فِکرِ ؟

ژےٚ ماچھُتھ درٛس وأنسہِ پۄزاپُز گرِتھ پٔنٕ سورے کینٛہہ شُربن

ارپن کۄرمُت ؟

آ !

ژےٚ ماچھُے باسان زِیہندِ باپتھ ژےٚ پٔننہٕ زندگی ضایہٕ کرِتھ تمے

چھہِ ووٚنی یمراز بٔنتھ ژےٚ زُویَڑھان کڈُن؟

آ !

ژےٚ ماچھُے باسان زِ ژےٚ چھُتھ پٔننہِ باپتھ پانےٚ جہنم تیارتھۄ ومُت؟

آ !

ژےٚ ماپُھے باسان زِیہِ سورُے دنیاہ چُھہ اَپُز ، پَٔژن بأژ اَپُز ، شُری اَپزٕ ی ؟
آ !
ژےٚ ماپُھے باسان زِ ژےٚ چُھتھ پَننہِ باپتھ پانے جہنم تیار تھوٚ ومُت ؟
آ !
ژےٚ ماپُھے باسان زِ اَتھہِ کھورتہٕ پَنٕنۍ سأری انگ اَپزٕ ی ؟
آ !
ژےٚ ماپُھے باسان زِ ژٕ چُھکھ ووٚنۍ نبتھہٕ نوٚنُے تہٕ لَبہٕ ژےٚ پَتھ اَسان؟
آ !
ژےٚ ماپُھے باسان زِ ژٕ چُھکھ ووٚنۍ یِتھ زمینہِ پَٹھ بار ؟
آ !
ژےٚ ماپُھے باسان زِ وَق چُھہ روٹہٕ گوٚمُت ؟
آ ! آ !
ہے ہے ژٕ کُس چُھکھ !ژٕ کتھہٕ میأنِس دأ دِس وأقف ؟
ہے مےٚ ؤ ژھ تھرِتھرِ ژٕ وَن ژٕ کُس چُھکھ َ

بہٕ ہا ! بہٕ ہا !
بٕتہِ چھس ژےٚ نے ہیوٗ اکھ !
میٚتہِ چُھہ وَق روٹہٕ گوٚمُت' !

جوٗن ۲۰۰۵ء

# برٛم

کِتیاہ خوش قسمت چھہِ تم یم بےٚ اولاد چھہِ۔ نہ چھکھ شور تہٕ نہ کانٛہہ کربکھ، نہ أنٛزرُنےٚ تہٕ نہ گٔنٛزرُن، نہ أگرُنےٚ تہٕ نہ بأگرُن۔۔۔تہٕ سون حال۔۔۔أسی پننٕوے شُر بوٗدٕسی دَگن لٔگی متی۔۔۔!

یاد چُھم پوٚان زِ شُری اماٗرٕ کتی ہن پیٛرن، فقیرن، درویشن تہٕ استانن ہندی گتھ گری۔ ئلی اوسُم برٛہم زِ بجرس منٛز ین بکار۔ مگر از اَسہِ پنٕنہ نِسےٕ گرَس منٛز وۄپرَن ہُند سلوٗک۔

بشیر صأبن ترٛووا کھ زیوٗٹھ وۄش۔۔۔ تِکیاز زِ از اوس بیٚیہِ زُبیرن تَس نوشہِ تھی بُتھ پھیٗرمُت۔۔۔ آشینٛز وٕٛزھس دَرجواب خبر ژٕے کیاز زِ چھے یِہنٛز سیٚز کتھ تہٕ ہیٚج باسان۔ أمِس گاشہٕ لاگس أجس بلایہِ، میٲنہِ

اِجازتہٕ وَرأے چھنہٕ گرِنبر لتھ تہِ تھوان۔ ژٕے اوسُے دوہَے Negative approach زانٛہہ دِژتھ نہٕ یَمَن شُربن مُجرأ حی۔ اکھ کوٚڈتھَن حالات خراب آسنہٕ بہانہٕ گشیرِ نبر، یُس نہٕ ووٚنی گرٕ یُک ناوتہِ چُھہ ہوان۔ تہٕ زمروٗدِ لالس کوٚ رُتھ لوٗ کہِ پانَے کھاندر، یوسہٕ شُری پانَے تژ بن شُربن ہنٛز مأج بنے یہِ۔۔۔۔ ہاے وُنہِ آسہِ ہے کالجے پَران۔۔۔۔۔

حالات اُسیا سانی باپتھ خراب زِ سأری شُری گری تھکھ آوٕری۔۔۔!

بشیرِ صأبنہِ آشنہِ محموٗدِ لالن وٗنی اُکی سے شہَس منٛز پیٚش کہأنی۔

۔۔۔۔اکھ اَرمان روٗدُم درٕس وأنسہِ زِمیانہِ کتھہِ کرہِکھ زانٛہہ غوریٚلہِ زَن پٔنٛنی تو نتہ تھٔوتھ جأری۔

آہن سا بٕہ چھَس زیادٕ بولان تہٕ ژٕ چھکھ موختہٕ چھکان۔ حلیما میڈم چھےٚ پرٕ ی وَنان زِ ''ریٹائرمنٹ پتہٕ چھہِ مردٕ ٹھٕ ٹھان تہٕ گرٕ یُک ماحول جہنم بناوان'' ۔۔۔۔یِی وَنان وَنان ژایہِ محموٗدہ جی یوسہٕ سرکأری سکوٗلچ میڈم چھےٚ کٔچنَس منٛز تہٕ یہِ وُچھتھ گیہِ ہَے بنگہٕ زِ اَزتہِ چھہِ نوشہِ سأری بانہٕ بٹھہٕ چھلنَے چھکرأ دِتھ تھأوی متی، تِلکیا زِتَس چھہ بانہٕ چھلنہٕ کنی دفتر ژیر گژھان۔

محمؤ دہ جی اوس کالے ہیڈ ماسٹرن وونمُت زِ ازچُھ تہندِس سکوٗلس اِنسپکشن تہٕ وَقتَس پٹھ یِنگ اوسنکھ باڈ باڈ کوٚرمُت تہٕ دڑ ایہِ پھاگے پُھکرٕ ے پَنہٕ نِس خاوند بشیرٕ صابَس یہِ وٕنتھ زِ کچنَس چُھ درواز یلے تہٕ یہِ گری زیو بند۔

بشیرٕ صابن ژیوٗن زِحسبِ دستوٗر چُھ تِمس کچن سنبالُن تہٕ ووتھ تھوٚد۔ مگراز پیٚیہِ تَس کوٗھبن لورِ ژٕنڈ ہش تہٕ پیوٚس پتِم سورٕ ے یاد زِ مأ لِس ماجہِ ہُند نہ مانُن کوتاہ پیوٚ وتَس دڑوگ۔۔۔۔۔!

مأ لی اٚس تَس پَنٕنی خاندانچ اکھ کوٗر کھاندرٕ باپتھ ژأرمٕژ مگر بشیر صأب اوس محمؤ دہ جی نِس عشقس منٛز گرفتار گوٚمُت۔ یِم اٚسی دوہے وَرمُل ڈیوٗٹی باپتھ بٹہٕ مالنہِ اڈَس منٛز اکھ اَکِس پیٛاران تہٕ بَسہِ کھسان۔ تِموکوٚر اکہِ دوہہ مأ لِس ماجہِ ہنٛز مرضی وَرأے پانہٕ وأنی کھاندر تہٕ روٗز محمؤ دہ جی گریُک لوہ لنگر چلاوان تہٕ بشیر صأب کچنَس منٛز بانہٕ چھلان۔

پَننہِ زندگی ہُند تلخ تجرُبہ نظرِ تل تھٲوِتھ مانیوٚ ونہٕ بشیرٕ صأبن پَنہٕ نِس بڑس نیچوٚس زُبیرس یَس ٹاٹھنیاژ کٔنی گاشہٕ لالہٕ تہٕ وَنان اٚسی، پَننہِ مرضی کھاندر کرُن مگر چلیوٚس نہٕ گرس منٛز کہیں۔ تہٕ آیہِ بلقیس یوسہٕ ٹیلی فون دفترس منٛز کأم اٚس کران تہُند گرٕ نوش بٔنِتھ۔

نوش گرٕ تِتھ اوس گوڈٕ گوڈٕ بشیر صأبس بڈٕ بوش تہٕ اباجی وٕنی وٕنی

أس تَس نوش تہٕ تِہندی ساری اَشناویزٕتھ کران تہٕ یہِ رُود توٗ تام جأری یوٗ تام نوش گوبہِ کھوٚر روز۔۔۔۔ نوش گوبہِ کھوٚر روزنہٕ ستی ہیوٚتُن بشیر صأبس زیادَے پہَن گریُک بارگوٚب گژھن۔۔۔ پَنُن دفتر تہٕ گرٕ، پَتہٕ نوشہِ باپتھ ڈاکٹرن نمبر ہیوٚن تہٕ دَوائی أنی ہرٕن بشیر صأبس زنگہٕ سورنہِ۔ یہِ سِلسِلہٕ رُود بشیر صابنِس ریٹایر گژھنہٕ کِس أخری دوہَس تام جأری۔۔۔۔۔۔۔۔۔۔۔۔۔

دفتر والیو دِژ بشیر صأبس الوداعی پارٹی تہٕ سُپر انٹنڈنٹ واتہٕ نَس تام تھکبہٕ نأوِ کھ تِسنز سأرٕے زندگی۔ یہِ وِز یادگار بناونہٕ باپتھ دِتُکھ بشیر صأبس اکھ بہترین شال تہٕ۔ دفتر وألی آیہِ تَس گرٕ تام ستی مگر تِم سأری گیہِ یہِ وُچھتھ حأران زِ بشیر صابنِس گرس اوس بوٚڈ کلُف۔۔۔۔ تِمَن اوس خیال زِ بشیر صابنِس گرس منٛز تہِ آسہِ ترٛشہٕ رونق یوسہٕ تِہندِس بیٚیس سأتھی بِشن داس نِس گرس منٛز أس، یُس حالے ریٹایر گوٚمُت اوس تہٕ سأری ہے دفترس أس تِہندِ گرِ دعوت۔ یِیتہٕ وُچھ تِموٗ اَتھ اُلٹ تہٕ دژٕ ایہِ بشیر صأبس دَس پوٗسی گرِتھ واپس۔

بشیر صأبس چھُنہٕ کینہہ تہِ فکرِ تران تہٕ أتھی منٛز ووٚ نُس أکی ہمسایہِ لڑکن زِ تِم چھہِ زنانہٕ ہسپتال گمتیٚ۔ بشیر صأب ژول پوٚت کھوری واپس تہٕ ووت زنانہٕ ہسپتال تہٕ اَتہِ آیس پَنٕنی آشِنیٚ بروٚنہہ کُن تہٕ کوٚرنس

بُڈی بب بَنَنس پٹھ مُبارک۔۔۔ سوٚنینز آیَس تہٕ برفی ہُند تقاضہٕ کران وونَس'او! توہہِ چھوٚشال اوٚ نمُت تہٕ وولنَس نگھہٕ پٹھہٕ تہٕ تھوٚون زاشرِس زنگن پٹھ تہٕ برنزِس منز گووسفید شین ہیوٚ شال زَلہٕ تہٕ مَلہٕ ستی دأغی۔ بشیر صأب گووِیہِ سوٗرُے وٕچھتھ روٹہٕ۔۔۔!

پَننہِ زندگی ہندی ژوٚکی مٕدری ژِہی مٔشرأوِتھ ژاو بشیر صأب کِچنَس منز تہٕ رُوٗد بانہٕ چھلنَس منز محو۔ أتھی منز آو تَس خیال زِ پَننِس گرِس منز کیاہ چھےٚ تَسنز نُتیِ یت مألکہٕ سنز ،مألی سنز کِنہٕ أکِس نوکرٕ سنز؟

آ! بہٕ چھس وونی یِیمہِ گرُک صرف اکھ نوکر۔۔۔۔أتھی منز آیہِ محموٗدہ جی سکوٗلہٕ پٹھہ واپس تہٕ یہِ وٕچھتھ گیہِ حأران زِ بشیر صأب اوس کِچنَس منز خبرکَمن غوتن گوٚمُت ،یَس نہٕ تِہنٛدِ تیٚنج پَیِی لُج۔۔۔ دوٚپُن ژٕ چھکھہٕ وُنہِ کِچنسے منز ،ژےٚ کیاہ روٗوُے اَز !

مےٚ روو سوٗرُے۔۔۔نوکری ،گرٕ ،چین تہٕ آرام !

کرِ ووٗنی ژھوپہٕ ،یِنہٕ ہمسایہِ بوزنَم ۔مےٚ چھہِ ووٗنی کینٛہہ رٕتھے ریٹایر گژھنَس ،پتہٕ آسو یِکہٕ وَٹہٕ دوہ دِہن گُزاران ۔ وولہٕ نیر نبر بہٕ سنبالہٕ پانَے۔ ژٕ گژھ بَس سٹاپَس پٹھ ،آشوٗ جی آسی سکوٗلہٕ پٹھہٕ یِنَس تیار۔۔۔!

بشیر صأب دڑ او پنٕنس ژرِس اَنہٕ ۔

محمؤد ہ جی لٔج بشیر صأبنہٕ تِتھہٕ پأٹھۍ مویؤس گرٕ ھنٕس پیٹھ سونچنہٕ تہٕ تژ وُن سبزی ٹھیلہٕ پتھر تہٕ ہیٚژن کچھنٕس منٛز کأم کرٕنۍ زِ ٹیلی فون گأنٹۍ بجےیہٕ تمہٕ تُج دَو تہٕ کھور نبٹھ پھسیؤس یزار مرِ منٛز تہٕ ژپہندل گرتھ آس کلہٕ تھمَس لاینہٕ۔۔۔! کُنی کرٕ ہکھ ژٕ جس نیرِتھ تہٕ گیہٕ بےٚ ہوش۔ ٹیلی فون گأنٹۍ چھےٚ وَزان ۔ نوشہٕ ہیٚژن أندری رہہ گنڈٕنۍ زِیم بُڈ کوٚت چھہٕ گمتی ، ٹیلی فون کیاز چھنہٕ تُلان ۔ تَس اَس گرٕ یہٕ شیٚچھ واتہٕ ناوٕنۍ زِ سو یہٕ نہٕ اَز گرٕ ئِلی کہٕ گرٕ ھہٕ رؤن ہتھ پٕنُن مالِنیٖن ۔

بشیر صأب آو نگھس سکؤل بیگ تہٕ آشو جی یس اُتھس تھپھ کرِتھ واپس ۔ اندر ژ او تہٕ پنٕنہٕ آشنہٕ چُھہ آلو دِوان ، آشو چھہ امی جی ، امی جی وَنان کرٕ ہکہٕ ناد کران ۔ مگر جواب نہٕ کہیں ۔ محمؤد ہ جی اوس فرشس پیٹھ امانتھ دِتھ واش کوٚ ڈمُت ۔۔۔!

---------

بشیر صأب اوس پنٕنہٕ زندگی ہُند سأتھی ژھبنہٕ گرٕ ھنہٕ کٕنہِ رووُمت ہیؤ ۔ نوشہٕ أَسس ووٕنۍ نستہٕ زیادٕ پہَن رٕز گرٕ مژ تہٕ نیٚچو زُبیر اوس کولیہ موٚت تہٕ مأ لی سنٛز أَسس نہٕ کانٛہہ فِکر ئِلی کہٕ اوس تَس اکہِ نتہٕ بیٚیہٕ ہتہٕ ہمیشہٕ بے عِزتی کران ۔ کؤر أَسس منٛزی منٛزی نظر دِوان مگر تَس اوس گرٕس منٛز

مأّلی ہنٛز حالتھ وُچھتھ تلہٕ واس ووتھان۔

بشیر صأبَس اوس ووٚنی تَم گوٚمُت تہٕ رأتی راتَس اوس ہُشار ٹھوہ ٹھوہ کران۔ نوشہِ اوس آشوٚس پرہیز کوٚرمُت بُڈی بَبَس نِش بہنَس، تکیا زِ نچوس لارِہیس اِنفیکشن۔ بشیر صأب اوس دوہَس زولہٕ کران تہٕ بازرکأم تہٕ اوس نہٕ ہیکان کرِتھ۔ سُہ ہیوٚتُن پَنَنین بأژن باپتھ اکھ بور بَنُن۔ تَس اوس نہٕ ووٚنی کانٛہہ تژلیش تہٕ بروٚنٛہہ کُن انان۔

اَکہِ دوہہ چھےٚ بلقیس خانہٕ دارس وَنان زِ اَسہِ چھا ووٚنی تِتھے پأٹھی روزُن، أسی ہے خراب گژھو! مول چھے دوہَس زولہٕ کران تہٕ راتَس اَسہِ ہُشار تھاوان۔ کینٛہہ سونٛچ اَسہِ گژھ أمِس نِش تھپھ ووٚہنی۔ لوٚکُٹ نیچُو چھس نہٕ کٔشیرِ ہُند ناوھوٚان۔ عأش چھہ نیٚبرِ مین مُلکن منٛز کران تہٕ اَسہِ تھوٚوُن بیٚتہِ ٹھوہ ٹھوہ پتَے۔۔۔! کنَس تل ووٚ ننَس اگر میوٚن مانگھ بہٕ وَنہٕ ہے کتھاہ ینہٕ برٕلگی۔ أتھی منٛز چھہ اَسہِ موکلن پاے۔۔۔!

اباجی راتھ اوس ژیری عاشق صأب نیٚبرِ پٔٹھہٕ فون کران تہٕ ووٚنُن اباجی سوٚزی وُن مےٚ نِش، بہٕ کرناوس پیٚتی یلاج۔

أسی گُھض نموتھ ژتوری دوہٕ ژٹھیک گژھکھ۔

بشیر صأب آوِ یہندِس فریبس منٛز تہٕ ووٚنُن آمیٚتہِ چھنہٕ ووٚنی محموٗدِ

مُرتھ یێتہٕ دِل لگان ۔ ءٚ گژھہٕ پنٛنِس لوٗکٹِس نچوٗس نِش !

بلقیس تہٕ زُبیر چھہ بشیر صائبس از اکنہٕ تہٕ وَلنہٕ یِوان ۔ نٔوی پلو لاگان تہٕ بوٗٹس پالِش کران ۔ بشیر صائبس چھُنہٕ کہیں تہٕ فکرِ ترٲن ۔ آشہٕ چھُس اِشارٕ کران زِمہ گژھ ۔ اَتھی منٛز گیہِ سوموگاڑہنز ہارَن تہٕ دڑایہِ تڑہوٚے جوٚم گُن ییِٚلہِ زَن آشہٕ ماتامالہٕ تھوٚوکھ ۔ جیٚمہِ پتھٕ ریلہِ منٛز دِلہِ تہٕ پَتہٕ ژوٚن دوہَن سفر کٔرتھ وٲتی رٲژہنٛز اکہِ بَجہِ کتھ تام سٹیشنس پٮ۪ٹھ ۔ اباجی بھنوٗکھ اَتہِ اَکِس بینٛچس پٮ۪ٹھ تہٕ ووٚنہٕ ہَس ژٕ پیٲر ییٚتی اَسی یموٚے عاشق صائبَس فون کٔرتھ تہٕ کھٔتی ژۄ رِژۄ رِواپس ریلہِ ۔

ژوٚن دوہَن اَتھی بینٛچس پٮ۪ٹھ پیٲران پیٲران سوریہِ بشیر صائبَس اَچھ تہٕ آس غش ۔ پۄنٛژمہِ دوہہ چھُہ سُہ پانٛس تَتھ جایہِ وُچھان ییٚتہِ ژوٚ پاسے اَنزان بُڈٕ اَسی ۔ کوٗشِش چھُہ کران کینٛہہ وَنہٕ نَس مگر زیوٚ اوُسس جواب دیتُمت ۔

جوٗن ۲۰۰۵ء

...

جگر پارَو جگر کوٚرپارٕ ہَر دَم
اَمارَو مارٕ گٔری ناکارٕ ہَر دَم
مُژِ ہلِی موصوٗم ہیٚیہِ محبوٗب اَستھ
مۄدٕرِ دوہ تارٕ پوٚز بےعار ہَر دَم

جان محمد آزادؔ

# بیگمات

نعرہ تکبیر ---------- اِنشأ اللہ

بیگماتن ہُند بیۆل ----- دسگیٖرن گول

سون لیٖڈر ---------- شمہٕ ٹوٗٹھ --- شمہٕ ٹوٗٹھ

پاگل خانٕکی سأری خدمت گار تہٕ ڈاکٹر آیہِ پٲتمہِ جُمہٕکی پأٹھی بێیہِ حرکتس منٛز تہٕ پرٛ ہتھ أکِس بمارس دِتٕھ ژٕچ تہٕ سأوِکھ ہونٛن ہندی پأٹھی۔ مگر تِہندِ باپتھ أسی تِم سأری تجرُبہٕ تہٕ ڈاکٹری ؤسی پۄوان یێمہِ ساتہٕ تِم شمیٖمس کنٹرول أسی نہٕ ہبکان کٔرِتھ۔ اِنجکشنن ہنٛز أس نہٕ کٕتھے پاور ژٕھوٚسٕتی تہِ أس نہٕ

سو ہَمان ۔ ئلی کہِ ''بیگماتن ہُند بیوُل''نعرہ دی دی اُس سورُے ہَسپتال نکھس ٹُلان۔

شمیمس اُس ووُنی ہسپتالس منز شےٚ رٕتھ گٔمتی ۔ سو اُس کُنہِ وِزِ تیٚتھ وِہو ہار کران تہٕ باسان اوس زِ کانٛہہ فلسفہٕ دان چُھہ کتھ کران۔ سو اُس کٲشیرِ ہنٛز سیأسی، سمأجی تہٕ اقتصأدی صورتحالس پیٹھ ڈاکٹرن ہٕتی بحث کران تہٕ ڈاکٹر اُسی اکھأ رکس کُن وُچھان تہٕ سونچان زِ تِم چھا کانٛسہِ ذہنی مریضس ہٕتی کتھ کران رکنہٕ کانٛسہِ عالِمَس ہٕتی۔ یِم اُسی تِمہِ وِزِ زیادَے احساسہِ کمتری ہندی شکار گژھان ییٚمہِ وِزِ سو علمِ نفسیاتَس پیٹھ تِمَن ہٕتی کتھ اُس کران۔ تِمو اوس نہٕ پرَنس دوران تہِ نفسیأتکی تِم کینٛہہ نوقطہٕ پٔری ہٕتی یا ہٕوٗ زی ہٕتی یِمن پیٹھ سو بحث اُس کران۔ اَمہِ ساتہٕ اُسی نہٕ تِم فرق کٔرِتھ ہیکان زِ مریض کُس تہٕ ڈاکٹر کُس ۔؟

پروفیسر زُبیر اوس اَمہِ ہسپتالُک ہیڈ ییٚمی انگلینڈس منز نفسیاتچ خاص ڈگری حاصِل اُس کٔرمٕژ۔ شمیمہٕ اُس أمی ہٕندِ باپتھ اکھ چیلنج بنیمٕژ تہٕ ہیٚرِٕژن انگلینڈکین بڈٕین بڈٕین ڈاکٹرن ہٕتی تَس مُتلِق خط رِکتابت کرِنی ۔۔۔۔اُتھی دوران سپٕز یِیتہِ نفسیاتس متلق اکھ بین الاقوامی کانفرنس۔ یتھ منز دُنیہِ کیو بڈٕیو بڈٕیو ڈاکٹرَ وپٕنٕنی پیپر پٔری ۔ تہٕ ڈاکٹر زبیرن تہِ پوٚرِ پنُن پیپر ییٚمیُک عنوان

'نفسیٲتی بِمارِ تہٕ میڈیکل سائنس' اوس۔ ڈاکٹر زُبیرن اُس پٔنٕنس پیپرس منٛز شمیمہ ہِوی بِمار ٹھیک کرنَس منٛز موجوٗدٕ میڈیکل سائنٕچ بے بسی ظاہر کٔرمٕژ۔ سیٚمنارا اَند واتنہٕ پتہٕ لوٚگ کینٛژن ڈاکٹرن زُبیرنس پیپرس پٮ۪ٹھ پانہٕ وٲنی بحث تہٕ کُنہِ نتیجس واتنہٕ برونٛہہ کٔر تمو خاہش ظاہر زِ تم کرن پانہٕ شمیمس ملاحظہٕ تہٕ وٲتی ہسپتال مگر تِم سٲری گیہِ اَتہٕ ہِیتے یِیلہِ تَمو شمیمہٕ دوٚیمِن بِمارن برونٛہہ کنہِ نفسیاتس پٮ۪ٹھ لیکچر دِوان وٕچھ، یہِ لیکچر اوس تیوٗت زوردار زِ ڈاکٹرن گیہِ کن کھڑا۔ تہٕ یہِ وُچھتھ گیہِ حٲران زِ سٲری ذٔہنی بِمار اُسی ژھوٚپہ دَم کٔرِتھ شمیمس کُن وِچھان زَنتہٕ تِمٕی سُند انگریزی لیکچر سورُے فِکرِ اوسُکھ تَران تہٕ پٔنٕنی کلہٕ ہِلاوان ہِلاوان شمیمس حوصلہٕ بڑاوان۔

ڈاکٹر وِلیم یُس ڈاکٹر زُبیرس انگلینڈس منٛز سینیر اوس ووٚن تِمٕی زِ سہٕ پٔرِ ہے شمیمُن ہسٹری شیٹ۔ ہسٹری شیٹ پٔران پٔران نَنیٚو تَس زِ شمیمن چھےٚ سَے کالوجی منٛز پی ایچ ڈی ڈِگری حاصِل کٔرمٕژ۔ ڈاکٹر وِلیم گوٚو ہسٹری شیٹ پٔرِتھ زیادَے مُتأثر تہٕ کوٚرُن اَمِس پٮ۪ٹھ مزید تحقیق کرنٕک اِرادٕ۔

ڈاکٹر وِلیم گوٚو اَکہِ دوہہ اُمی ہنٛدِس آبٲیی محلس منٛز تہٕ چُھہ پرٕژھتھ اَکِس شمیمَس متلق پرٕژھان تہٕ اُخرس ووت شمیمُن گرٕ۔ یتھ بونہٕ کنہِ ہایہِ

ءستِ ؤلِتھ کاندروان اوس۔ وانَس پیٹھ ہِتھ اکھ أڑی جہِ کرھِز ہیوٗ اِنسان وِچھتھ گووڈاکٹر وِلیَمس گوڈٕ پھرٕ ہُتھ ہیوٗ، پَتہٕ نَنیاوتَس زِ یوہے چُھ شمیمُن مول۔ کتھ باتھہِ خاطرٕ اوس ڈاکٹر وِلیمن مُبشر ناوٕ اکھ میڈیکل سٹوڈنٹ پانَس ءستِ پگہٕ نو ومُت۔ مبشر چُھ شمیمنِس مأِلس غفار صوٗفس وَنان زِیہِ انگریز ڈاکٹر چُھ چانہِ کورِ ہُند علاج یِڑھان کرُن مگر تَمہِ برونٹھہ چُھ تَس متلق توہہِ ءستِ کتھ کرنہِ یور آمُت۔ تُہِ ؤنی تو پانَے تس کیٔا سَپُد۔ غفار صوٗفس آیہِ أچھ بَگہٕ تہٕ لۆگ وَننہِ زِلوکچار سے ماج مرنہٕ کِنی پیٚو تَس پَننہِ لوکچہِ بینہِ رَچھنہِ۔ اکہِ طرفہٕ مےٚ ءستِ کاندٕری وان چلاوُن دوٚیمہِ پاسہٕ بینِن ہُند خیال تھاوُن تہٕ پَتہٕ پَننی پڑھأے جأری تھاونہٕ باپتھ رأتی راتَس پرُن تہٕ لِکھُن۔ سوٗ أس واریاہ محنت کران تِکیٚازِ تَس اوس ڈاکٹر بَننک سیٚٹھا شوق۔ مگر أمی ءسندِس اَتھ شوقس آسہٕ کالج کورِ تہٕ محلہٕ چہٕ خوجہِ بایہِ ٹسنہٕ ژٹان تہٕ وَنان آسَس ژٕنے ہِشہِ کورِ چَھنہٕ ڈاکٹر بنان۔ کیٔازِ چھکھ پَنُن وق ضایہِ کران۔ گرٕھ کرکأٹسہِ کاندر کِٹس ءستِ کھاندر تہٕ مأِلس لوتی بار۔ خوجہِ بایَن ہٕندی یم لفظ أسی تیر ہِنتھ تَس سینَس ژٕتھ گرٕھان تِکیٚازِ اکہِ طرفہٕ ڈاکٹر بننک شوق تہٕ دوٚیمہِ پاسہٕ قسمتچ کھیل تَس

گیہِ نہٕ ایم بی بی ایس باپتھ سِلیکشن مگر تَمہِ ہٲرنہٕ ہمتھ تہٕ روٗز مشکل کھوتہٕ مشکل کامہِن سیپنہٕ داران تہٕ بروٗنہہ پکان ۔ یوٚ تام تَمہِ پی ایچ ڈی تہٕ کوٚر ۔ پی ایچ ڈی' کرنہٕ پتہٕ اوس تَس یہِ خیال زِ سو بدلاوِ پنُن تہٕ پننہِ گرٕ ٹیک تقدیر مگر ------ ! غفار صوٗفس ژٕج اُچھو ۔ کنہٕ اَش دَدراے نیرِ تھ ۔ پانَس پیٹھ ہنا قوبو' کٔرِتھ لوٚگ مزید وَننہِ زِ تَمہِ اوس اَکِس تٲلیمی ادارس منٛز نوکری باپتھ درخاس دِیتُمت تہٕ انٹرویوٗ تہٕ اوسُس زبر گوٚمُت مگر تَس اوس انٹرویوٗہنہٕ وٲلی بٔڈی افسرن وُنمُت زِ اگر چیف منسٹر اَسہِ ہدایت دِیہِ اَسی ہیکوتھ ژٕ مُلأ زِم لٲگِتھ تِکیازِ یہِ تہٕ چھنہٕ تسنٛز مرضی ورأے کانہہ کأم اندان ۔

تتھہِ پٲٹھی گیہِ سو اکہِ دوہ چیف منسٹرس سمکھنہِ تہٕ وٕنن تَس پننہِ سأرے کہأنی تہٕ ہاوِنَس سارے سرٹیفکیٹہٕ چیف منسٹر گو ویہِ وِچھتھ سخٛتھاہ مُتأثر زِ غریب کوٗر آسنہٕ باوجوٗد چھے اَمہِ یژ تألیم حأصل کٔرمٕژ تہٕ کوٚرُن تَس بروٗنہہ کنہِ افسرس فون زِ شمیمے گژھِ نوکری لاگنہٕ ینٛی ۔ مگر کمرس منٛز موجوٗد چیف منسٹرسنٛز بیگمہِ ہیوٚتُن اَندری ناروٗ ہُن ۔

شمیمہٕ گیہِ خوش تہٕ وَتی ہیرٕ ن مِٹھأے تہٕ وأ ژ گرِ ۔ تہٕ وٕنن اَسہِ یہِ رٕژ شیچھ ۔ اَسی سأری سپدی خوش تہٕ چھہِ چیف منسٹرس دُعا کران ۔ مگر دوہ یہِ

دوہہ پتے گوٚوسانٍن اُچھَن اَنہِ گوٚٹ یٖیمہِ ساتہٕ اَسہِ شمیمہٕ وَچھ ٕ چھژٹان تہٕ
وَنان ہَیالوٗٹھ ہا ! اُسی گٔیہِ تٔس نزدیک تہٕ چھےٚ اخبار ہاوان زِ شمیمہٕ بجایہِ ہا
چھکھ کوٚسہٕ تام شہناز سِلیکٹ کٔرمژ۔ ہَیایہِ گُسو' تاوَن۔ یِی وَنان وَنان
دژایہِ افسر سُند گرٕ تہٕ ووٚتُن تَس یہِ کُس حض تاوَن !

افسَر گوٚو ناٗدِم تہٕ چھُس وَنان زِ چانہِ نوکریہِ کوٚ روزِیرِ اعلیٰ سٕنزِ بیگمہِ
سبوتاژ تہٕ اَسہِ ہیوٚک نہٕ کٔہیں کٔرتھ۔

اَتہِ نٔیرتھ چھےٚ شمیمہٕ پلوَن چاک دِوان تہٕ نعرہ دِوان

''بیگماتن ہُند بیوٗل

خو دایَن گول۔۔۔۔دستیٚرن گول''

غفار صوفنہٕ دٔسی شمیمنہٕ یہِ کہاٗنی بوزان بوزان اُسی ڈاکٹر وِلیمس بُتھِس
ٕکتی رنگ بدلان۔ گراووزُل نارٕ تیگ ہیوٚ تہٕ باضے سفید شٖین ہیوٚ گژھان۔
سُہ لوٚگ سونچنہِ زِیہِ کتھہِ چھُ ممکِن زِ سلیکشن باڈی آسہِ کاٗنسہِ منسٹر سُند کنٹرول
تہٕ اگر چیف منسٹر سُفاٗرِش کرِ تہٕ تٔسنٕز بیگم کتھہِ ہیکہِ سرکاٗری معاملاتن منٛز دخل
دِتھ۔ تَس وبژے نہٕ یہِ کتھ تہٕ ہیوٚ تٔنس کلس گیوٚ رہیوٚ یُن تہٕ ووٚتُن مبشرس
"Let's go now"۔۔۔۔تُمی پرٚ وژھ وَتہِ مُبشرس زِ ہیکیا یہِ سپدتھ۔ تُمی
دِتُس جواب زِ کاٗشر سماج چھُ باقین نسبتھ وُنہٕ سٔبٹھاہ پتھ تہِ یم چیز چھ یتہِ

ہبکان سپدِ تھ۔

ڈاکٹر وِلیم رُو درأتی راتَس گیسٹ ہاوس کمرس منٛز اورِ یور کران تہٕ شمیمنہِ زندگیہِ ہنٛز جدوجہد تہٕ تمیُک انجام تہٕ خوجہٕ باین ہُند طنزتہٕ چیف منسٹر سٕنزِ بیگمہِ ہُند نگیٹو رول۔ یِم سأری پہلوٗ أسی تَس أچھن برونٛہہ کُن یِوان تہٕ نیٚنٛدٕ رغاب کران۔ أتھی منٛز گیہِ تَس کنَن 'اللہ اکبرٕ' تہٕ ستی گأنٹی ہنٛز آواز۔ سُہ دژاو نبر تہٕ وِچھن دٕ رِلہ کھ أڑی مُشیدِ کُن دَوان تہٕ کینٛہہ مندر اَژان۔ تہٕ لوٗگ سونچنہِ زِ یِم لُکھ کأتیاہ 'God Fearing' زِ صُبحَے صُبحَے چھہِ خدائس یاد کران۔ مگر یِہنٛزِ زنہِ ـــ تَس ہیوٚتُن کلہٕ پھٹُن تہٕ بُتھِس رنگ بدٕلنی۔

دٕہہِ بَجہِ ووت ڈاکٹر زُبیر وِلیمَس سمکھنہِ گیسٹ ہاوس۔ یُس اَتہِ دارِ بریٚلہِ ترٛأوِتھ ژوٗ لُمت اوس۔ زُبیر دژاو پوٚت کھورِ واپس تہٕ ووت ہسپتال تہٕ گووِہِ وِچھتھ رٕہتھ زِ ڈاکٹر وِلیم اوس شمیمَس تہٕ باقٕے بیمارن ستی یِم نعرہ دِوان:

"بیگماٹن ہُنڈ بیوٗل
خوڈاین گول"۔۔

مے ۱۹۹۷ء

...

# نگھ

یِم کتہِ ساشُری ؟

ہیٚرِ تہٕ کتہِ، اہنٹرنس ہے َ چھُکھ، پرٛان چھِہ۔!

ہے یِمن نَسا چھُنہٕ اہنٹرنس دیُن !

ژٕ ما چھُکھ مزارِ پیٚٹھی آمُت، ژٕ کیٛاہ وَنان؟

آہَن سا مزارِ پیٚٹھی ہے َ آس، یِمن نَسا چھُنہٕ اہنٹرنس دیُن۔

یِمن ہَسا بُٹھ چھان، دٕسِل تہٕ موٚ زوٗر!

مگر روزَن اَسہِ نظرَن تَل!

آ۔۔۔!

غلام رسولُن وۄہار وُچھِتھ ہیٚژن فاطمس وسوأسی پھٹِنٛ۔ سو گیہِ پریشان زِ اچانک کیٚاسپُد تسندِس خاندارس۔ سُہ ہے عمرانس ڈاکٹر تہٕ عرفانس انجینیر بناوُن یژھان اوس تہٕ یِہنٛز پڑھایہٕ پیٹھ ہے واریاہ پَیسہٕ ٹۄنکھ خرچ کران۔ تس چھُنہٕ کہیں تہِ فکرِ تَران زِ غلام رسولَن ہیٚژ ودَن کرٛنکہٕ دِنہٕ تِکیٚازِ تس اوس از شاک گوٚمُت ییٚلہِ تمیٚ اَکِس توبہٕ دِس نکھ دِنہٕ والیوٚ ژورَو بہأری موٚزۄٚرَومنٛزٕ اَکی 'رام نام سَتیہِ ہے' وونِ تہٕ دوٚیمیٚ ٹوٚک تَس تہٕ ووٚننٛس 'یہ مُسلمان تھا'۔

غلام رسولس ننٛیاو زِ توبہٕ دِس منٛز چھےٚ تمیٚ سےٕ مامہٕ صأبنٛز لاش یُس پَننٛس شاندار بنگلَس نیٚبر کنہٕ لۄکن کتھ باتھہِ باپتھ قہوہٕ پیٚالچ تہٕ کُنہٕ وِزِ سالہٕ بتٕچ لالچ اوس دِوان۔ تمیٚ اوس اَکہِ دوہہ غلام رسولَ تہِ گرٕ ژون مُت تہٕ وونمُت زِفارنہٕ چھہِ تَس ساری شُری بڈی ڈاکٹر تہٕ انجینیر مگر سُہ چھُہ پریشان زِ تَس کُس دِیہِ نکھ!

اگست ۲۰۰۷ء

---

...

# تکمیل

پڑٲنِس اَمِر اکٕدٕلَس تَران تَران گٔیہِ غزالہ یہٕہَے روٹہٕ ہٕش ییٚلہِ تَس بُتھہِ پِنہٕ واجنہِ اَکِس زَنہِ پیٹھ نظر پیٚیہِ یَس اکھ سوندر تہٕ خوبصورت بچہٕ کھونہِ اوس۔ سورُۍ زتَس کُن مُدَے گٔنڈِتھ وُچھنہِ تہٕ وونَس ژٕمَے چھَکھ مریم ؟

آ !

او، غزالہ چھَکھے، دوشوٕے کوٚر نالہٕ موٚت تہٕ پانہٕ وٲنی مونہِ تہٕ میٹھۍ۔

یہِ کُسُے کھونہِ ژےٚ ؟

یہِ چھُم نِکہٕ۔

ہاں۔۔۔۔

ژٕ کرٕے کوٚرہےَ کھاندر ؟

ژٕ کہےِ وَنان، یہِ چھُھ مےٚ دوٗیُم نِکہٕ ۔ تَنہٕ ہےَ گیہِ ژورٕ ری یَنہٕ

بہٕ مریم رشید بنےِ یَس ۔

اچھا ! رشید صأب کیاچھُھ کران ۔

سُہ ہےَ چھُھ انجینئر !

ژٕ کوٚ رُتھ نےَ کھاندر ؟

غزالن ترٛ وو زیوٚٹھ ووش تہٕ ووٗنُن نا ے ۔

کیاز ِ !

کیا وَنےَ اباجی چھُھم خاندأنی لڈٕ کہٕ ژھانڈان سُہ تہِ گزیٹڈ اَفسر ۔

تہٕ ژٕ ؟

غزالَس گیہِ ژھوپہٕ ۔ أندری أس ونان ووٗنی ہے رزِموٚ زوٗرُ ے

آسہِ ہے؟

ژٕ کیا گیِی گلہِ زٕبو؟

نا ے !غزالن ترٛ وواُسن ، ڈأجن کتھ ۔ اَماپوٚ زِ پَننہِ اَسنگ

ژھر بر گوس پانٕسے موحسوٗس ۔

اَدِ ساتھو و ۔ یہِ وَن تَم گریجویشن کرنہٕ پتہٕ کہےِ کوٚ رُتھ ژٕ ے؟

بۂ ہے ٲژس ٹیچر!

دَپ ساماشٹر باے

کینژھاوَنٔس !

تۂ ژٕ !

یِکھَے رشید صاُبن گرٕ تۂ بار سنبھالُن تۂ ییٚہٕ کیاہ !

وومنز کالجچ وہسٕ روزٕ واریہَس کالَس اکھٲ کی سُند حال باوان۔ اٲتھی منز گوٚ ویمَن کنَن زِہتھی بیٚنو تو ہے سوُرے ٹریفک جام کوٚ رُو۔ ژٕلو ساوونی لنڈ۔

یتھٕ گیہِ یمہٕ منتشرتۂ نوٚسَرِ میلنگ وعدٕ گرتھ دژ ایہ پَنہٕ پَنہٕ وَتہِ گُن مگر غزالہٕ گیہِ مریم تۂ تسُند بچہٕ وِچھتھ بوولہٕ ہش تَس چھنٕ فِکرِ تران زِتَس کوٚت چُھ گژھُن۔ بار بار چھس مریمُن گہہ تژ اون بتھ تۂ لوٚبہٕ وُن آکارٲ چھن تل یوان۔ سو چھےٚ سونچان زِ مریم چھےٚ تَس ہم عمر مگر تسُند صحت تۂ شکل کیاٚ زِ چھےٚ بدستوٗر قائیم ییٚلہِ زَن سوتڑ ہہٕ وٕرشی زوزر پیٚمڑ تۂ پَنہٕ پَنہٕ ہش گٲمڑ چھےٚ۔ اووَ رلوڈ بَسہِ منز سوار ہن منز باگ تۂ چُھ تَس مریم تۂ تسُند بچہٕ اٲ چھن تل یتھ دِل و دماغس پیٹھ چھاٲوِتھ۔ سیٹہٕ پیٹھ ہہتھٲ کی اِڈٕ وَرموہنوی ییٚلہِ تسُند یہ حال وُچھ تٔمی وون تَس ہَتہٕ بی ژٕ ے کوٚت چھے گژھن وولہٕ بہہ سیٹس پیٹھ۔غزالہٕ گیہِ ہُشار ہش تۂ چھےٚ وَنان اٲسی کوٚت وٲتی۔تَس نَنیوٚ وِزِسو چھےٚ پانژھ کلومیٹر گرٕ

دۄروأ ژہمژ، تَمہِ رُکاُوبَس تہٕ ۂژھ۔ رأژہُند پرتَو اوس پیۆن ہیوٚ تمُت۔ اَنہِ گوٚٹ گنٛنس ہتۍ ہتۍ ہیرٕژن غزالہٕ سرٛکہِ پٹھ پریشان گژھنۍ۔ گاڑِ آسہٕ شی کُرتھ ژَلان تہٕ تِسندِس ڈُپٹس اَسمان کھالان۔ أتھۍ منٛز گیہِ اکھ بایک، تَس بروٗنٛہہ کنہِ کھڑاتہٕ اتھ پٹھ سوار نوجوان پرٛژھان توٗہہ کوٚت چھہ گژھن۔ غزالہٕ بانٛبر ییہِ گوڈٕ پتہٕ ووٗنُن مےٚ حض چھہ بونہٕ پۄر گژھن!

کھٕسومیٚتہِ چھہ تیأری گژھن !

بیٚیہِ کانٛہہ چارٕ نہٕ آسہٕ کنۍ کھٕژ غزالہٕ بایکہِ۔

نوجوان چھُہ تَس پرژھان زِ شام وَقتس کتہِ أس سو۔

تَمہِ دیُت جواب زِ بَسہِ منٛز لوٚگ نہٕ تَس پَیی یۆ تام سو یوروأژ۔

او ! ویسے گژھہِ خیال تھاوُن نتہٕ چھہ اِنسان راوان۔

غزالَن کُرژھوپہ تہٕ أندری چھےٚ وَنان زِبہٕ چھَبس گوڈے رأوہمژ۔ مگر تس باسیۆو أمۍ ہنٛزٕ اَتھ کتھہِ منٛز یہَے پانٛنیار ہیۆ تہٕ رۄز کتھن کن دأرِتھ۔۔۔۔۔ یأری اوس غزالُن مول پروفیسر عبدالکریم بُخاری گرِ پریشان زِ غزالس کیاز گوو ژیر۔ تمۍ ترٛأو پنٛنہِ آشنہِ ساٗدٕ آپَس کُن نظریوسہٕ پنٛنین اوٗنگجہِ نَمن نبٕتھہٕ ہتۍ پھَش دِتھ زنتہٕ کیاہ تام گاران أس۔ بخاری صأبس گوو ایٚحساس زِ اگر سہٕ ہرٛدَرم روزِ ہے نہٕ غزالس آسہِ ہے کرتام کھاندر

سپُد مُت تہٕ بورلو تیوٗ مُت۔ تَس اوس خاندأنی آسنگ سخ کینہہ وتوَے کوٗر نہٕ تُمی غزالہٕ ہِندِس کھاندرَس معاملس منٛز کانٛہہ کمپرومایز۔ییٚلہِ زَن تسنٛز آشِنیٚ ژوٗک موٗ دُرژالنہٕ باپتھ تیار أس۔

غزالَس ہیوٗ تُن نوجوان سُند وبوہار تہٕ کتھ کرنُک طریقہ پسند یُن۔ تُمی وۄن تَس توٗ ہہِ کیاہ چُھہ ناو تہٕ کران کیاہ چھُو۔ نوجوانن گَر موٹر سائیکلچ سپیڈ کم تہٕ وۄنُن مےٚ حض چُھہ ناو شیخ محمد عمران تہٕ میکینیکل انجینیر نگ منٛز چھُم گریجویشن گَرمِژ۔ مگر تقدیرن کوٗرنَم نہٕ وَقتَس پیٹھ وفا تہٕ بنیوٗس ووستہٕ کار۔۔۔۔

ہاں! غزالَس گوٚو تعجب ہیوٗ۔ توٗ ہہِ کیاہ زِ گوٚو تعجب! حالات چھِہ أ ِکس اِنسانس کیاہ کیاہ کرناوان۔ میکنکل انجینیر نگ منٛز بی ای گَرِتھ ییٚلہِ نہٕ نوکری بَنییہِ۔ بےٚ کاری ووٚ لُم نال تہٕ گَرِ کیٚو ہیٚتم طعنہٕ دِنی زِ ہَٹا کٹا نوجوان أستھ تہٕ چُھنہٕ تَس غأرت یِوان۔ بڑٕ مول چُھس گریگ لوہ لنگر چلاوان۔۔۔۔ تہٕ اکہِ دوہہ کوٚر مےٚ فأصلہٕ زِ مےٚ چھےٚ ہونَر تہٕ بنیوٗس أ ِکس موٹر میکنکس ژاٹھ۔ شامَس ییٚلہِ بہٕ گَرِ کیٚو گرٕہُن تِلہٕ گرُن ہیوٗ وُچھہوس تِمَن ژٕج کرِکھ نیرِتھ۔ تِمَن گیہِ گال تہٕ خاندانُک ناو بدنام کرنکہِ بہانہٕ کوٚڑہَس گرِ نیبر۔ تتہٕ چُھس کُنےٚ وانگج وأرِس لوٚ گمُت۔

غزالَس ہیٚژن عمر اِنٛز ہمدردی گژھنہٕ تہٕ وۄنُس زِ تُہند فأصلہٕ اوس

دُرست، تِکیٛاز زِ کاتُہہ کأم چَھنہٕ اَکِس اِنسانس کم پایہِ بناوان ووٚنی گو واَسہِ چُھہ اَپزُے بجر ہاونُک عادت توے چھہِ خار !

اَمہِ کتھہِ ستیٚ آو عمرانس جوش تہٕ ہُر اَوٚن سپیڈ ۔ دوٚیہ تریٚیہ مِنٹہِ پتے دیُت غزالن عمرانس پھیکِس ژِبل ہیوٚ ۔ تمیٚ دِژ زورٕ بریک تہٕ غزالہٕ آیہِ عمران نٔبن شانن چھاونہٕ مگر تمیٚ رٔٹ سوٚ پتیٚ کِنی ژٔربو ستیٚ چیر تہٕ چُھس پرژھان توہہِ ماحض لوٚگ؟ ۔سو چَھنہٕ کہیں تہٕ ہبکان وٕنتھ تَس باسیوٚ وزنہِ سونتہٕ واو ہوٚ چھمرِ موٚرِ نوٚسرٕ زُو اژان تہٕ لُجس سأری ہے بدنَس سو سراے۔ رَژھہِ کھٔنڈی دیُتنَس جواب بُہٕ وأژس منزٕلس ،یتھ کوچس منز چُھہ میوٚن گرٕ ۔ عمران چُھہ تَس ستیٚ یوان۔

بڑاندس پیٹھ پژاران یٔیلہِ سأدٕ آپس یٔمن دون پیٹھ نظر پٔیہِ سو گیہِ سبٹھاہ خوش تَس باسیوٚ وریڈیوس پیٹھ چلان یہ وَنہٕ وُن زنہٕ ساعتِ حسن:

السلامُ علیکُم سانہِ مہرازو

چانہِ یِنہٕ گاہ پیوٚ وعالہ مَس

سأدٕ آپہ چھےٚ عمرانَس لولہٕ برژو نظرٕ وُچھان اَتھس کٔرنَس تھپھ ۔ غزالہٕ گیہِ حاران اکھ نظر دِژن ماجہ تہٕ بیٛا کھ شیخ عمرانَس کُنی دَونی یَن کُٹھس ،سینہٕ اوٚسُس دُبراے کران ۔ أکِس ژِہس دِژن پٔنِس سیٛنَس نظر تہٕ تُجُن اَچھ تہٕ چھےٚ ڈریسنگ ٹیبل أنس پیٹھ وُچھان زِ غزالہٕ سندِس برٕگمِتِس رویَس اوس مریُمن ہیوٚ گُلالہ رنگ پھیوٚ رمت۔

# داہ

ہے چھَکہٕ ہا۔

اوٚلُے بیٚا کھ ہا۔

اوٚلُے ترٛ ٹھ ہا۔

رٔ وی یَن کِتیٚاہ چھَکہٕ ترٛ اٗ وی ۔

ہَیا ! اَز تہِ زیٖنہِ سون گام خوداییس پَتھ ۔

روی چُھہ از فارمہِ منٛز بیٚیہِ آمُت ۔

ییٚلہِ تہِ سُہ فارمہِ منٛز یِوان چُھہ تیٚلہِ ناچُھنہٕ سأنِس گامَس کانٛہہ تہِ

زینان۔

ہے رشیدا یور کُن بوزٕو اگر ہاوُنی کہن عمران خان تہٕ رٕوی یَس بروٚنٛہہ گنہٕ بال کرنہٕ پییہٕ دَیَس پتھ نےَ دٕہ تُلبس۔

آہنٛ شِبناژٕ ہاچھکھ پوٚز وَنان روی ہاچھُہ سانہٕ گامُک اکھ بہترین کھلاڑی، وِکٹن پیٹھ ٹھٔہرنہٕ پتہٕ ہاچھُہ سُہ بالرَن گتکس گِندان تہٕ وِکٹن ہا زَن تہٕ موٗل چھہٕ یوان۔

رشیدا بوزٕو ! اگر ہا کٔشیرِ ہنٛدٮ۪ن کھلاڑٮ۪ن تہٕ کوچنگ آسہٕ تِم تہٕ بنہٕ ہَن انٹرنیشنل کھلاڑی۔

خبر ہا اَسہٕ کٲشرٮ۪ن کیاہ زِچھنہٕ کوچنگ خاطرٕ نمبر سوزان۔

ہَیا شِبنا ! تی ہاچھہٕ اَسہٕ تہٕ وَنان۔۔۔

تریشہٕ ہُند وَق ہاگوو ختم، کھلاڑی ہا آیہٕ پَنٕ پَننہٕ جایہٕ۔

مےٚ ہاچھُہ باسان زِ یوٚنہٕ گامُک کیپٹن اَنہٕ ووٚنی فاسٹ بالرَس بال کرنہٕ۔

شبن جیا، کہو چھے باسان۔

مے تہٕ ہاچھُہ باسان تی۔

ہَیا مگر پتٕ مہٕ آتھوارٕ کہو کوٚر رٕوی ین شہرَکس فاسٹ بالرَس!

تِم ہاژٕ لی دٕہی لَد گگرٕہوی۔

میچ شروع گژھنہٕ بروٚنٛہہ اَسی تم وَنان زِیَمن گژیستھن تارَواَسی فکرِ زِ
کرکٹ گِندُن کتھ چھِ وَنان۔

مگر کوسا حالت گٔیہ تِمَن یَیلہِ رٔوی یَن سنچری کٔر۔

تِہندٕ بن بالرَن ہا پکٕی ٹور۔

میچ ہارِتھ ناتوٚ رنہٕ فِکری زِ تم کتھِ کَنٕز ڈٔلی۔

ہے رٔوی ہا ووت ۹۷ رَنَن پیٹھ، ہے خودایا اَز تہٕ گوٚژھ رٔوی سینچری
کرُن۔

ہے دَپان ہا بڈٕی بڈٕی کھلاڑی تہٕ چھِ 'نایٹیزَن' پیٹھ نٔروس گژھتھ
آوُٹ گژھان۔

ہے اگر ہا رٔوی از تہٕ سینچری کرِ ہے یہِ ہا یِیہِ ہے 'مین آف دی سیریز'
قرار دِنہٕ۔

ہے فُل ٹاس بال ہا ! اوٚلُے چھکہٕ ہا، ہے سینچری ہا۔۔!

ہے سأنی گامَن ہا زیوٚن۔

سوٗرُے گام آو ژٔسِتھ۔ روی ٹُلُکھ نَکھس، پھر نووٗ کھ ساٗری سےٕ
مأدانَس۔

تقریبہِ پیٹھ آو روی مردِ مأدان قرار دِنہٕ تہٕ کیپٹن آسنہٕ کَنٕز دِژہٕس

ٹرافی تہٕ ۔ٹرافی دِنہٕ بروٚنہہ کوٚر چیف گیسٹن تقریر تہٕ ووٚنُن :

بہٕ گوس ژٕ وی ہِنز کھیل وٕچھتھ بڑٕ مُتأثر تہٕ بیہانہٕ چھُم نہٕ زِ ژٕ پزٕ یَکنی چھا ژٕ وی ییمہِ پَتھ کھورِ گامُک کھلاڑی ۔بہٕ کرٕ ژٕ وی ہِنز سُفارِش حکومتس نِشہِ تہٕ کھالناوَن شہرتہٕ مزید کوچنگ باپتھ سوزَن نبر ۔

گامٕکی گامَن کوٚر زٔرِ پوٚپ تہٕ گییہِ خوش ۔ گامَس زَن اوس سُلہِ پیٹھے مالہٕ لوٚ گمُت ۔ سوداگرَ و اوس سوداتہٕ کرٕمُتھ سجاوِتھ مأدانَس نیٚبر گنہِ تھوٚومُت ۔

سأری لوٕکٕٹ بڑٕ اَسی خوش ۔مگر مُتی کھار اوس مایوس تِکیاز ِ واریاہ کال اوس گوٚمُت تَس ژٕ وی وٕچھنَس ۔

ہے میأنہِ گوٚبرا،ییم لُکھ کوٚ توٕمُتی ؟

ہے مُتی کھارا ژٕے چھے ناپتاہ اَز ہا زیوٚن سأنی گامَن فاینل میچ ، ژٕ وی ییَن ہابنأوِسینچری ۔سوٗرٕے گام ہا چھُہ مأدانَس منز گِندان تہٕ دژ وکان ۔

ہے گوٚبرا ژٕے کوٚر تھَس بہٕ سپٹھاہ خوش ۔رَٹھ سارو پٕے ، پزٕ پأٹھی چھارٕ وی یَس ییَنامہٕ میوٚلمُت ۔

روی چھُنہٕ وبژان کُنہِ زِ پاپا جی گرِتَس از شابش زِ ٹرافی زینِتھ آم نیٚچو ۔ بابی رَٹہِ تَس نالہٕ مَتہِ تہٕ بوٚ ڈبوے ناجی کرِ بس خوش آوے ۔

یِی سونچان سونچان ژٕ اوروی گرِ تہٕ وُزَس منز وأتِتھ پییہِ ژٕ وی ہِنز سأری

خاب تہٕ خیال ؤسی ییلہِ ژٕمی پنُن پتاجی یہِ وَنان بوٗز زِ:

آونے یہِ اَڈٕ ژوٗٹ وُنہِ۔ گاٗمی گام چھُن دَربدَر کوٗرمُت، ہاے پاپ چھِم کھسان یمَن گامہٕ شُرِبن ہندی۔ ہے یہُے چھُہ تمَن پرٕنک لیکھنُک وَق، کُنہِ لایق نَے تھوونَس نہٕ اَمی چاۓنی نیچوی۔

آہن سَہ مےٚ ہے گوڈَے ووٚنمے اَمِس تھوتہٕ نظر۔

اَکیاہ چھے سکوٗلہٕ پتہٕ مُتی کھارِنَس وانَس پیٹھ بہتھ آسان۔

اَتیتھ کیاہ لاربس، بُتھِس تمُن تہٕ بیٚیہِ کیاہ، بٹَن ہُند ناومنڈٕ چھووُن۔

کھرِبن ءستی چھُہ دوہ راتھ گزاران۔

وُچھِہ ہے رامہٕ جوٗنَس نیچِوس کُن ڈاکٹری سیٹ کڈٕن۔ کُس وَنہِ بُہری کوٚٹ چھُہ۔

ہے بھگوانَس اوسُس دوہ راتھ منگان زِ روی گوٚژھِم ڈاکٹر بنُن۔ اَتی آسہِ ہے صُبحس شامَس مےٚ ءستی وانَس پیٹھ بہان مگر کتھ سا۔۔۔

روی ژٕوٗل پوٚت کھورِ واپس تہٕ بیوٗٹھ مُتی کھارِنَس وانَس پیٹھ سونچان چھُہ زِ گاٗمی گام چھُہ میاٗنَس ِگندنَس خوش مگر میاٗنی گرِ واٗلی چھِہ مےٚ پیٹھ ناراض۔

"مگر میوٗن پاپاجی گژھِہ تیلہِ خوش ییلہِ مےٚ سرکار کوچنگ خاطرٕ نمبر

سوزِ۔۔۔آ ! ووٗنی گژھہِ میوٗن بھگوان یہِ جلدٕ ے کرُن"۔ یِی سونچان سونچان آومتی کھار کتہِ تام پٹھٕ تہٕ روٗ ییس وُچھتھ گووخوش تہٕ اَتھن گرِ ییٚس میٹھی۔

دپان ہاژٕ ے چُھتھ از کیٛاہتام قلعہ پووُمت ہتہٕ ینامہٕ تہِ چھےٚ میوٗ لمُت۔

آہَن سا بَبا، اَسہِ زیٛوٗن میچ۔ سورُے گام چُھہ خوش مگر میٛانی گرِ کی چھنہٕ۔

کیٛا زِ؟

تم چھہِ وَنان بہٕ گوٗ ژُھس ڈاکٹر بنُن ییٚلہِ زَن بہٕ گواسکر چھس یژھان بَنُن"۔

تہِ کیٛا سا گوو؟۔

ہے بَبا۔ جان کرکٹ کِھلاڑی ہسا۔

اَچھا آم سمجھ۔

گوٗ برا مالِی سُندُ ے گرٛژھہِ مانُن۔ اُتھی منٛز چھےٚ شُری ہنٛز بجایی آسان۔

مےٚ نسا چھنہٕ ڈاکٹر بنُن، ڈاکٹری پیشہٕ نہ سا چھنہٕ ووٗنی زَبَر مانہٕ یِوان۔ اَزی کس ڈاکٹرس چھہ پنٛسہٕ ژامُت، سُہ ہا سا چھہ قصائےبنیوٗ مُت۔

بہٕ ہَسا چھُس نہٕ غلط طریقو روپے یژھان حاصِل کرٕنی۔

ژِ وِچھ سا بَبا یِیلہِ مےٚ سرکار کو چنگ باپتھ نبر سوزِ بہٕ ہَسا کرنہٕ گامکے یوت ناو روشن بٔلی کہ مُلکک تہِ۔

رٕوی پننہِ یمہٕ کتھہٕ بوزان بوزان زاٗج مُتی کھارَن چلم تہٕ چھ زٹھ کش نوان۔ زَن گو وپنٔنہِ پانہٕ رٕنش بے خبر۔

خوفتَن بانگ گیہِ تہٕ روی چُھ سونچان گرٛشہٕ کوٚت۔ اُتھی منز چُھ نِنہا جی رٕوی یَس ژھارنہِ دژ امُت تہٕ یہِ وُچھن مُتی کھارنس وانَس پیٹھ۔

ہَیا دربدریا پِتا جی ہا پچھے نار، پگٔ ووٚنی جَل، بھابی ہا پچھے کوٹھرِ منز بتہٕ تھال تھوٚومُت، اَژ ژھٔر ژھٔرِ۔

روی ژاولوٚت لوٚتےٚ گرٕ تہٕ فاقےَ پھُکرَ ےترٛ آون ڈاپھ۔۔۔روٗی چُھ دوہ راتھ حکوٗمت رٕکس آلوَس پرٛاران مگر کانٛہہ تہِ شُنٛچھ چھنہٕ واتان۔

گریُگ پریشر تہٕ پٔنن آرزو! روٗی ہیوٚتُن موٚت گرٛھن تہٕ اکثر چھ ووٚنی مُتی کھارس رٕنشی بہان، یُس صبح شام چِلما چِلما چوان چھ، چرٛسہٕ مُشک ہیوٚتُن رٕوی یَس خوش کرُن تہٕ مُتی کھارس چُھ منزی منزی شاٹھا شاٹھا منگان۔

مُتی کھارن گریُو وگوڈ گوڈٕہراسےَ مگر رٕوی یَس نِشہِ اوسُس نہٕ رٕکہیں تہِ چلان۔ تِکیا زِ یہِ اوسُس کموتام چھٔشمَو وُچھان روزان۔

روی اوس مُتی کھارُن ژاٹھ بنیوٗمُت ۔ وۄنی اگر مُتی کھارس دَمَن بَستہٕ ستی پھوکھ دِنہٕ خأطرٕ کانٛہہ تہٕ کوٗٹ حأضِر آسہٕ ہے نہٕ روٗی اوس پانے پھوکھ دِنہٕ خأطرٕ بروٗنٛہہ کُن یِوان ۔ یہِ بوٗزِتھ چأررٕ وِ یَس گرِکھو لانٛگم تہٕ کوٗ رہَس قابہٕ تأنہٕ ۔ دوٗہہ وادَن اُسس نہٕ برَس ہانٛکل مُژران ۔ اکہِ دوٗہہ تژ اَو روشن دانہٕ کِنۍ رٕوِیَن وۄڈھ تہٕ کُنی دَونیَن مُتی کھارس نِش :

ہے بباا کھشا ٹھادِم ، بہٕ ہَساموٗ دُس ۔

مُتی کھارن روٗٹ نالہٕ مَتہٕ تہٕ چووٗن کشہٕ ۔

رشید تہٕ شَبنَن جی اوس شہر پیٹھہٕ یِتھ اَپأری پکان تہٕ رٕوِیَس کُن وُچھتھ گیہِ حأران زِ یہِ کیاچھہ سپدٕمُت ۔ کہیں تہٕ چھکھ نہٕ فکرِ تران ۔ تِکیازِ یِہندِس ہیرِ ووٚس اُس پلوٗن مَلہٕ ژھٹھ دژامژ تہٕ بُتھس ریش تہٕ پاگلہٕ ہِندی پأٹھی پریشان مَس ، تِمَن گوو نہٕ برداشت تہٕ آیہٕ نزدیک مگر اُتھی منز آو یِہُند بیاکھ دوست عباس بروٗنٛہہ کُن تہٕ شَبنَن جی یَس تہٕ رشیدَس وُنُن رٕوِی ہٕنٛز کہأنی ۔ ۔ ۔ ۔ ۔ رشیدن وون شَبنَس :

"ہے اُمس ہے مول دَواہ کنان اوس ، تُمی کیازِ دیٖت نہٕ رٕوِیَس کانٛہہ تیٖتھ دَواہ یمہٕ ستی یہِ چرِسس نِشہٕ دوٗر روزِہے" !

ہے دَواہ کیاچھہ اَتھ بِمارِ گران ۔ ژٕ چھکھناوٗ چھان زِ چرِس چیتھ گیہِ انگریز

پَنُن دپن تہٕ دُنیا ترٛاُوِتھ ہپی ہٕتھ تہٕ اُسی وَنان ہرے کرشنا ہرے راما، یہِ گوو انگریزن ہُند حال تہٕ رٕوی یِن مول کیٛاہ علاج کرِہے تَس۔

ہَیا اُمس مُتی کھارس ہادِیہِ خوداسزا، اُمی ہا کوٚر روی تباہ۔

ہَیا! کتھو اصل لڑکہٕ اوس یہ، کھلاڑی کہو اوس؟

ہے عباسا! شہرس منز چھےٚ سخ وولہٕ ہرِش وٕژہمرٕ۔

''اَکھ ٹُے ہا بوزم کینژن لوٚکن چھہِ ماران بہٕ آس توَے شہر ترٛاُوِتھ''۔

''ہے شبنم جیا، تِنا بَنِہ نہٕ کیٛا زِ مارنگھ، یہِ ہا آسہِ بدل کینہہ ذلیل''۔

عباس چُھہ شبنم جی یَس وَنان۔

''نابہٕ کھوٚژس تہٕ تُلم رشید پانس ستی تہٕ آس پنُن گام۔ ژُھنو بلا یہِ ساٗری سے گوڈٕ ہا چُھہ پان بچاوُن فرض''۔

یِی وَنان وَنان گوو یِمَن یارَن روی مُشی تھےٚ تہٕ ہیوٚتکھ قدم کڈُن۔ وُنہِ اُسی تِم دَہے وُہے قدم پکیٛ مُتی زِ گولہِ ہنز آواز گیہِ تہٕ ستی گیہِ کرٛکھ بب ہا مورُکھ بب ہا مورُکھ' روی اوس بتھس ژنجہِ دِوان تہٕ واویلا کران۔

عباسن، شبنَن تہٕ رشیدَن نیہ واپَس دَوتہٕ وُچھکھ مُتی کھار پَنہٕ نِسےٚ وانَس منز دُبہٕ گوٚمُت۔ شبنن نیہ کُنی دَوگرٕ وو نُن پِتاجی یَس زِ ''بندوق ہَسا ووت سون گام تہِ۔ مُتی کھار ہَسا مورُکھ، دَپان مہرا زِسہ مورُکھاوٕ کُنی زِسہ اوس

چرس چھوان، ووُنی کیا مُہر اکرَ وأسی، شہرِ منز مُہر اژٔلی واریاہ لوٗکھ جوٚم گُن"۔

دوٚیمہِ دوہہ آو رشید تہٕ عباس شِبنُن گرِ یہ وَننہِ زِ زٔ وی یُن مول ژول زٔ وی یَس وَرأے پٔنٔنی بأ ژہیتھ خبر کوٚت۔ مگر تم گٔیہِ یہِ وِچھتھ حأران زِ شِبن جی نس گرس تہِ اوس بوٚڈ قُلُف لوٚگمُت"۔

"رشیدا خبر یم کوٚت گٔیہِ یہِ کُسوٚ آلو گوویَمن ---، روی یَس رِکھو بَنہِ ووُنی، سُہ ہا گوو ژوپأری یتیم"۔

یِی وَنان وَنان گوو یَمن بروٚنہہ کنہِ روی ظأہر تہٕ چھُکھ سوال دِوان زِ

"ہے تُہی چھوِ نامیأنی یار، مےٚ دِی تَو پانژھ روپیہِ، ہے مےٚ ناچھُنہٕ کہیں۔ بٔ ہا ترٛ ووُس پتاجی یَن تہٕ بابی پٔنٔسو روٚستے ییٚتہٕ"۔

"ہے تُہی چھوِ نامیأنی جگری یار مےٚ دِی تَو پانژھ روپیہِ"۔

عبأسس آو ترس تہٕ ووٚنُن رشیدس :

"ہَیا ژےٚ چھے ناکینہہ؟ مےٚ ہا چھےٚ صرف ترٛےٚ روپیہ"۔

"آہَنوٚ مےٚ تہِ ہا چھےٚ زٕ روپیہِ، چلو پانژھ ہا بنیہ ---دِسوٚ ---"

روی گوو خوش تہٕ دژاو خبر کوٚت۔ دَپان سُہ اوس ووُنی سارِنٕے سوال دِوان تہٕ پٔنٔسہٕ جماہ کرِتھ چرس انان تہٕ چھوان۔ کھِہن چیٚنٛ اٚ سس نہٕ فکرے۔ ہمساین نِش چاے تہٕ سیٚنٛ حاصل کران تہٕ گراہوٚ دُے ہوٚکھے کھوان۔

وونی اوس نہٕ کانٛہہ تہٕ تَس پٔنٛسہٕ دِوان تِکیٚاز سارِنے اوس پتاہ لۆ گمُت زِ روی چُھہ پٔنٛسہٕ جماہ کٔرِتھ چرس چوان۔

وَنٛدٕ اوس تہٕ شین لوگُن یسلہٕ پأٹھی۔ وُچھان وُچھان گیہِ تڑے ژور ؤٹہٕ شین جماہ تہٕ سارے وَتہٕ گیہِ بند۔ لۆکھ چھہِ زیٛادٕ وَق مٔشید منٛزٕ ے گزاران۔ تِکیٚا زِ حمامی چھے مٔشید زبَر پأٹھی تأوِمژ آسان تہٕ گامُن چھہِ اَتہِ حالاتَن ہُند جأیزٕ ہوان۔ أتھی منٛز وون کمی تام "رٔوی ینٛی چھا کانٛہہ خبراہ اَتراہ، یَتھ گُٹھ کارس منٛز۔ کہو آسہِ تٔمی کۆرمُت"۔

رشید تہٕ عباس گیہِ دَوِ تہٕ وأتی رٔوی یُن گرٕ۔ دِوان چھس صداتہٕ اوٕر چُھنہٕ کانٛہہ تہٕ جواب یِوان۔ یم دۆنٔوے ژایہِ برٕ پێٹھی روشن دانہٕ کٔنی تہٕ یہِ وِچھِتھ گیہِ حأران زِ وِزس منٛز اوس ژھێنہِ مرٕ پنٛجہِ پێٹھ پیۆمُت روی نیم مورِدٕ۔ کھور تہٕ زنگہٕ آسس یلہٕ تہٕ باتہٕ پان اوس ژھێنہِ مَتہٕ پھبرنہٕ ستی وَلنہٕ آمُت۔ سارِنے کمرن اوس قلُف تہٕ یہِ حال وِچھِتھ وُژھ یمَن دون دوستن دَگ تہٕ رشیدن وون :

"یم کانٛہہ خراب، رٔوی یَس ناچُھکھ نہٕ کانٛہہ تہٕ گُٹھ یلہٕ تھۆومُت"۔

"ہے وَلاپَرنہٕ کۆٹھرِ منٛز ہاتھوون"۔

"ہے پھُٹراوُ قلُف"۔

"بۂ ہا گھسے بڑ اؔری کأنی پیٹھ تہٕ والے کانگرتہٕ ژِنہٕ"۔

یتھہٕ پأٹھی ترٛ وویمو دوستوٗ وی کوٗٹھرِ منٛز تہٕ اَتہِ موٗجوٗد بستر ترٛ ووہَس شیرِتھ۔ عباس بیوٗٹھ أکِس ہَفتَس تیمارداؔری کران تہٕ رشید یِہندِ باپتھ گرِ پیٹھہٕ کھین چین ساران۔ وونی ہیوٗتُن روی تھوٗدتہِ ووتُھن مگر ہوش تہٕ حواس أسِس نہٕ وُنہِ تہِ برابر۔

عباسَس ٹُل گرِ کو شور زِ اگرٕ وی یَس کینہہ کیُٹھ سپُد تہٕ ذِمہٕ داؔری کھسی ژیٚے پیٹھ۔ اَمہِ پتہٕ ترٛ ووُن پٔنن دوست گُنٕے۔

جُمعہ چُھہ، مقأمی جامع مسجدِ چُھہ لۆکن ہُندرَش۔ نماز پٔرِتھ گیہِ لۆکھ یِہ وُچھتھ حأران زِ روَی اوس مُسافرن ہنٛزِ لأنہِ منٛز لوٚطہٕ ہیتھ بیہتھ۔ محلہٕ وألی گیَس بروٚنہہ کُن تہٕ یِہِ وُچھکھ ہگہٕ ریوٗمُت۔ گأمی گامَس گووژَس۔

رٕوی ینٛز أخری سامانہٕ ہیتِکھ کٔرنی۔ مُشیدِ حمامَس منٛزٕ پے دیُت ہوس شرٛان۔ شمشان کُن نِنہٕ وِزِ ووٚتھ مسلہٕ زِ أسی کتھہٕ پأٹھی کرٕ وبٹہٕ رسم پوٗرٕ۔ عباسنِٕ مالی نبہٕ میرن دِژ کرٛیکھ "ہیا بٹاہ چُھنا کُنہِ؟"۔

اکہٕ نأوی دٕن ووٚن "بونہٕ گامہٕ چُھہ پُلسہٕ چوکہِ منٛز اکھ بٹہٕ"۔

"ہے تلاتَس گٔری تو زارٕ پارٕ تہٕ کھأتی تون یور"۔

بٹہٕ آو تہٕ روی کھولکھ ژیٛتھا یِہِ تہٕ اکہٕ نأوی دٕنی نیچوی نازَن دِتُس داہ۔

دون دوہَن چھنہٕ گائمی گامَن اَسَس آب لۆ دمُت ۔ پڑ بتھ طرفہٕ اوس گٹہٕ زول......

کینژہہ کالہٕ پتے آو بونہٕ گامہٕ پٹھہٕ تھاندار یِہ تحقیق کرنہٕ زِ ژوی یَس کمی لاُے گوٗلی، تِکیازِ واُری ژوٗ اوس رِلیفہٕ باپتھ درخواست کوٗر مُت ۔

دسمبر۱۹۹۲ء

...

---

ژدی ژدی چیشمَن سوریو وگاش

کوتاہ بَرِ واُرانَس آب

حامدؔی کاشمیری

# سۄر

اگر یہِ سَپدِ أسی ہَے گرٕھو مارِ ! اَسہِ کیٛاہ لارِتیٛلہِ، ژٕ ووتھ وُنی تہٕ کھَس گام تہٕ یہِ أنزٕ أدِتھ کأم !

آ ! پٔنہٕ دوۄدٕ بَبہٕ پٔنے بَرنہٕ !

نامے ژٕ چھکبھ پۄز وَنان ! نتہٕ گرٕھہِ سانِہن خابن سۄر۔۔۔۔۔ ژٕ دِتے مےٚ پکَو وأرِلتھ مےٚ ہَے گرٕھہِ ژیر، بابی بڑ ونٹھےٕ گرٕھہٕ بہٕ ئتو رواتھن !

شِو دھر دژاو باژبِر باژبِرِ گرِتہٕ ووت اڈَس منٛزٕ تہٕ کھوٚت بَسہِ۔ گامہٕ بَس أس پرأنی پیٚھن تہٕ رۄز لوٚت لوٚتےٕ پکان تہٕ چڑایہِ پٹھ زَن تہِ یہِ کھمان

اَس۔ یہِ وۅچھتھ چھہ شِو دھرس تلواس ووتھان تِکیاز سہ چُھہ سونچان زِ اگر بابہٕ تَس برونٹھ گام واتہٕ تَسندِس سأری ہے کُرہٕ مَتس پَیِہ پوٚنی۔ سہ چُھہ ڈرایورَس پرٕژھان زِ گاڑی کیاز چھنہٕ لَمان۔ ڈرایور چُھس جواب دِوان خبر ہَسا کُس پرٕاہ گوس۔ راتھ تام اَس وارٕ کارٕ چلان، خبر کُس 'بختہٕ بوٚڈ' کھوٚت اَز بَسہِ زِ یہِ چھنہٕ پکانے۔ خأر، تتھہٕ تتھہٕ واتٕژ تریٚیہِ گأنٹہِ بَس بونہٕ گام۔ تہٕ شیو دھر چُھہ اَتہِ اَکِس دُکاندارَس پرٕژھان زِ رامہٕ جو' بھٹ کتہِ چُھہ بَسان یَس پانژھ کورِ چھےٚ۔ دُکاندارلَسہٕ بٹ چُھہ شِو دھرس ستیٚ یِوان تہٕ رامہٕ جُون گرٕ ہاوان۔ اَتہِ چُھہ آلو دِوان تہٕ وَنان 'رامہٕ جو توہہِ چُھہ شہرٕ پیٹھہٕ پوٚژھ آمُت'۔ رامہٕ جُو دڑاو نبر تہٕ چُھہ شِو دھرس پرٕژھان تُہی کتہِ پیٹھہٕ مہرا آیوٕ؟۔ شِو دھر چُھہ جواب دِوان تہٕ وَنان کیا مہرا تُہی ماچھوٕ پُلسس منٛز کأم کران، توَے چھوگرٕ اَژنہٕ برونٹھے پرٕژھہٕ گأرکران۔۔۔۔ !مہرا اوٗلوٗ لوٗ اَژِو! اَسیٚ مہرا چھِہ ضوٚر وٚر سفید پوش مگر پوٚژھ چھنہٕ چایہِ کھاسہِ وَرأے ترٛاوان!

شِو دھر چُھہ مُشک ہوٚان زِ تَس برونٹھہ ماچھہ اور کانٛہہ آمُت۔ مگر گرس منٛز ژھوپہ وۅچھتھ گو وتَس تسلی زِ وُنیُکتام چھنہٕ تَس وَرأے اور ہیٚیہِ کانٛہہ ووتمُت۔ رامہٕ جُون دِژ پَننہِ زیٹھہِ پھبرن نرِ ستیٚ وُزس انٛدٕ ژنڈ ہش۔ تہٕ چُھہ شِو دھرس وَنان بہِو مہرا اتہٕ پانہٕ ژاو چوکس منٛز۔ تہٕ چُھہ پَننہٕ آشنہِ تہٕ اوٚشَس وَنان زِ شہرٕ پیٹھہٕ چُھہ پوٚژھ آمُت تہٕ چایہِ کھوسا کرِو تیار۔ تہٕ دڑاو

پۆتے واپس تہٕ چھِہ شو دھرس پرٛژھان زِتہِ کتھہٕ تہٕ کمہٕ باپتھ چھوٚ تُسند گرٕ آمتۍ۔

شو دھر چھُ تَس وَنان زِ سُہ چھُہ یِیمہٕ غرضہٕ آمُت زِ وَقتہٕ برونٹھے چھُس بہٕ توہہِ خبردار کران زِتُہندس خاندانَس تہٕ سائنس خاندانَس چھےٚ زمین آسمانٕچ فرق تہٕ لَسُن بَسُن تہِ چھُ کتہٕ کور بیوٚن توٚ کُنہِ ہیکہٕ نہٕ اوٗشنہ تہٕ وِکٹیٖنہِ ٹیکنہِ رٕلتھ! مون زِ ڈاکٹرٕ ومطابِق چھُ میوٚن بوے اوٗرُدٕ نہٕ یوٚر مگرتوتہِ کیاہ گوواسۍ ماژٕ تو چانہِ کورِ باپتھ خاندانٕچ نَس۔ یِم لفظ بوٗزِتھ گو ورامہٕ جُوس تہٕ تیسٕنزِ آشنہِ موہنی دَم۔ تم چھِنہٕ کینہہ تہٕ ہبکانوٗنتھ تِلکیاز تمَن اوس گُروجیَن بڈٕ تھیوٚ کُمت زِتُہنٕز کوٗراوٗشہٕ بَنہِ اَتھ گرس منٛز رائنی۔

یپاٗری ژایہِ اوٚبر زبل ہش پرٛینی تہٕ خوش شکیل اوٗشہٕ چاے ہبتھ پژھس مگر سُہ اوس اَتہِ زہَر پھاٗلاَ وِتھ واپس ژوٚلمُت۔

ہُپاٗری اُس بابی گرِخوش تہٕ پژھے اُسس نہٕ یِوان پُزی پاٗٹھی ووتھاوِکی یَس دَس یُس پانہٕ سبتھاہ سادٕ تہٕ پربتھ کاُنسہِ ہُند رُت کانچھِن وول شخص اوس۔ مگر یونیورسٹی منٛز فلسفٕچ تاٗلیم پرٕنَس دوران اوسُس نشکٕ بٕر عادت لاریوٗمٕت، یِیمہِ کِنہ جواٗنی ہندی پاٗنژھ دَہ وُری بےٚ خوٚدی منٛزے ضایہٕ اُسس گمتۍ تہٕ آو پنہٕ نِوے دُسۍ موٚت ڈِکلیئر کرنہٕ۔

پِتاجی ڈاکٹر بی۔ کے۔ دھر اوس بوٚڈ سائنس دان تہٕ تَس اُس نہٕ

لیبارٹری وَرأے کانٛہہ دوٚیم فِکراہ۔ گرٛیٚک لوہ لنگرٕ کتھہٕ چُھہ چلان، آشیٚنۍ تہٕ شُرۍ کیٚاہ چھہٕ کران اور کُن تھوٚوُن نہٕ زانٛہہ ظون۔ تَس اُس شُر بن ہٕنٛز دِ ے زَن گٕمژ تِکیٚاز ِتٕسندی کِنۍ اُسی تم ساَری نالایق۔ ووٗنۍ گووساد آسنہٕ کِنۍ إٔسس وِکی دھرٕنۍ رَژھ کھنڈ مالے۔ مگر پَنٛنہِ آشنہِ اوس پزٕ بتھ وِزِ بتھ کھوان۔ تٕسُند یہ وِہوٚاراوسنہٕ وِکی یَس برداش گژھانؤں گووپتاجی یَس اوسنہٕ بتھہِ لگان۔ ئلی کہ ’مین ڈربکس‘ ناوُک دَوا کھبتھ پٔتن ٹبنشن دوٗرکران۔

شو دھراوس بٕڑ چالاک تہٕ تژہے إٔسس آشیٚنۍ تہ باگہِ آمژ ییٚلہِ تہٕ موقعہٕ میلہِ ہیکھ دوٚہوے اُسی وِکی یَس ماٗلِس ماجہِ خلاف گن بَران تہٕ وَنان زِتم چھنہٕ چانہِ باپتھ کانٛہہ قدم ٹُلان، اَسہِ تام ماچُھہ نتہٕ ہکہٕ ہاٗواُسی چانہِ باپتھ ٹیکنبن ہنٛز بوٗدر بروٗنٛہہ کُن تھاوِتھ۔ ژٕ تہِ ماچُھکھ پانہٕ ہُشار گژھان۔ پانٛے وُچھہٕ ہاَن کانٛہہ، تہٕ کرٕ ہاٗ کھیٚتھر۔

یہ اوس سورُے زبانٛی خرچی آسان، اصلی غرض اوسُکھ زِوِکی دھرگوٚ ژھ گرٕ تژ اُوِتھ ژٕلُن یُتھ زَن تم مالہٕ جاداد کِ کُنۍ وأرِث ہکہٕ ہَن بٕنتھ۔ توٗے اُسی بابی ہنٛز پزٕ بتھ تتھ کوٗششہِ پھش پھرٕان یوسہٕ تٕسندِ کھاندرٕ باپتھ کرنہٕ پیٚیہٕ ہے۔

یپاَرۍ اُسی ووٗنۍ وکی دھرس نشہٕ دَوہوٗستی ساَری دند تہٕ بند ڈیٚلی گمٕتۍ۔

رأتِی راتَس اوس ژاس کران روزان۔ یہِ وِچھتھ اوس تسنز ماجہِ یَس سأری
بابَس أسی وَنان، دِلُک دودنو یومُت تہٕ وِزِوِزِ أسِس گُمہٕ سرٛان گژھان۔
اکھ دوہ آو تیُتھ تہِ زِ بابَس أسی بسترس منزٕ پرٛان ترٛاوی ٕتی۔ تہٕ کأنسہِ أ کی
تہِ اوسنہٕ تَس ہوٚٹ ترکوٚرمُت۔

بابَس مَرنہٕ پَتہٕ اوس وِکی نبہٕ مومُن ہیوٗ گوٚمُت، نہٕ اوس دفتر گژھان تہٕ نہ
بازَر نیران۔ بوے شِو دھرتہٕ تسنز آشِنیٚ تہِ أس نہٕ ووٗنی أمِس پرٛژھان تہٕ نہ
أسِس اَن جلہِ باپتھ وَنان۔

اَز ییٚلہِ وِکی دھرن وارِیہہ کالی ٹیلی ویژن آن کوٚرتہٕ یہِ خبر بوٗزِتھ گوو
روٹہٕ زِ دِلہِ پیٹھہٕ فرینکفورٹ گژھن وول ہوأیی جہاز چھہ حأدثُک شِکار
گوٚمُت تہٕ سارے سوارِ آسہٕ ڈاکٹر بی۔ کے۔ دھرس سان اَز جان گمرٛژ۔ یہِ خبر
بوٗزِتھ چھہِ شِو دھرتہٕ تسنز زٕنی ٹٲکہٕ تتھہِ دِوان تہٕ سینہٕ ژٹان۔ أندری أندری
چھہِ خوش زِ تہندِ باپتھ چھےٚ وَتھ صاف گژھان۔ وِکی چُھہ یہِ سورُے وُچھان تہٕ
یِہنز مکأری پیٹھ ماتَم کران۔ سُہ اوس زانان زِیِمَن دون بأژَن گُس وَتھ چُھہ
تکیاز زِ ڈاکٹر دھرَن اوس پنَنِس وٗصیت نامَس منز اکثر جاداد وِکی دھرنہِ ناوِ
کوٚرمُت۔

وِکی دھرس اوس سورُے میسر مگر ووٗنی نہٕ چین تہٕ نہَ آرام، نشہٕ دِوہَن

ہُند مىقدار تہٕ اوسُن ہُر وومُت ییمہِ کنٛز سہ دہٕ ہَس مَست تہٕ راتَس ہُشار ٹھوہ ٹھوہ اوس کران ۔ اکہِ رأژ آو أمِس وِتار ہیوٗ تہٕ دڑاو بسترٕ منٛزٕ نبر تہٕ چھہ ہیرن وَسان تہٕ بوزان شِو دھرس کیٛاہ چھےٚ زٕنی وَنان :

''ژےٚ چھُے میونسپلٹی ہُند میڈیکل اَفسر دوس، تلہٕ سبا وَنُس زِ اَسہِ چھہ گریٚگ ہوٗن پاگل گوٚمُت تہٕ رأتی راتَس چھُہ چاوں چاوں کران تہٕ اَسہِ نیٚندٕ رزالان ۔ دیوٗ سہ کینٛہہ دَواہ دِیِی تہٕ أسی گژھو آزاد''!

یہٕ بوٗزِتھ گوو وِکی یَس شاک تہٕ خشمہٕ ہوٚت ووٚتھ آنگن منٛزٕ تجن گنہٕ تہٕ چھُہ بےٚ وایہِ دارِ شیشن سوٗر کران، لکہٕ ژاران تہٕ کرٛکہٕ دِوان ۔ مکانہٕ أندرٕ چھُہ ٹھاہ ٹھاہ کران اَسُن گژھان ۔ أتھی منٛزٕ گییہِ کینٛژس کالَس ژھوپہٕ ۔ مگر پتےٚ گییہِ سایرن تہٕ آیہِ ایمبولنس تہٕ وِکی نیوٗکھ پاگل خانہٕ ۔!

جوٗن ۲۰۰۱ء

...

کُنےٚ زوٗن بِہتھ تَس نظر پانہٕ ہیے کُن
وِڈھَن پیٚٹھ اَسُن چھُس پھولان پأنی پانےٚ

ناجیؔ منور

# اَتُر

دَپان سأ وحید صأبس چھکھ ہٕتٕس ڈٔو رگٕنڈ ءمٕژ !
ہے ناسہٕ چھُکھ کُلِس ترٕ وڈِترٕ وومُت !
ژٕ ،کھو وَنان، تَس ہا ژَچکھ اوٚنگجہٕ تہٕ زیو !
آہَنو کیاہ زِ، تمی کُس خطا اوس کوٚر مُت ؟

خطأ !
تمی ہا اوس اَتُر کوٚر مُت !
کُس اَتُر ؟

اخبار اوسُن کوٚڑمُت تہٕ اوس پوٚ زلیکھان !!

دسمبر ۱۹۹۷ء

# آکار

ہے ژٕے کیٛا سا اِنصافِ چھُسے نہٕ گژھان ۔ یہِ ہےَ چھوچھہٕ کٕتری

چھُھ کران ۔ تلہٕ سادِس ووٚنی مومہٕ گوٚل ۔

ژٕے کٔرِلٕتہِ وَنےَ بۂ زِشاندس پٔٹھ گژھہِ پانےَ فیڈٕر تھاوِنی تہٕ اٚمس

اٚس بند کرُن ! ـ ـ ـ ـ ـ نیٚندٕر تہِ چھونہٕ مأنی پوٚتھر دِوان کرنہٕ !

گوڈٕ پھٕسے یَس بۂ عقلہِ گوم ناش ! مےٚ اوس نہٕ وُنہِ کھاندر کرُن تہٕ

کھاندرٕ پَتہٕ یہِ غلطی ! اُف !

ریحانن دیُت شَرارتہٕ ہوٚت لَرِ پھرُن تہٕ ماجدن ثُل اظہر کھونہِ

تہٕ لوٚگ کَچنِس منز فیڈٕر باپتھ دودٕ شناونہِ ۔

ریحانَس اوس پَننہِ حُسنٕک تہٕ لوٚبہٕ وِنہِ آکارُک سخ غروٗر تہٕ اٚس

ڈریسنگ روٗمس منز قد آور اٰنس بروٗنہہ کنہِ دوہے گاٗنٹہٕ وادَن پٔنن فِکر تہٕ جسم مینان تہٕ تولان۔ اَتھ ڈریسنگ روٗمس منز اوس نہٕ کاٗنسہِ اِجازت تہٕ ماجدتہِ اوس نہٕ اورکُن وِچھنس بہران۔ اتھٕن اوسنہٕ سوالے۔

ریحانہٕ اٰس پٔنٕنی خوٗبصوٗرتی تہٕ فِکر برقرار تھاونہٕ باپتھ رنگہٕ رنگہٕ مقاٗمی کیوٚ غاٗرملکی رسالہٕ پَران روزان۔ بس یہَے اٰس گرس منز تٔسنز مصروفیت۔

سواٰس پزٕی سبٹھاہ سوندر مگر پَننہِ حُسنُک غروٗر گوس کالجہِ پیٹھٕے۔ ییٚلہِ وومنز کالجس منز ایڈمیشن فارم حاصِل کرنہٕ وِزِ اکھ کلرک تَس وِچھتھ بےٚ ہوش گوو، ساٗری ہے کالجس گٔیہ تُرے زِ کمہِ تام پری کوٚر شپیر صاٗب بےٚ ہوش تہٕ کالجہِ سارے کورِ، لیکچرار کیوٚ پرنسپل تام آیہِ ریحانس وُچھنہِ زِ یہِ چھا آدم زاد رِکنہٕ پزٕی کاٗنہہ پٔری۔

یہِ واقعہ بنیوٚ اخبارن ہٕندِ باپتھ تہِ مَسالہٕ تہٕ وِچھان وِچھان ہیوٚتُن ساٗری سے شہرس ریحانہِ سوندرتاہندی چرچہٕ گرٕھنٕ۔ ریحاٗنٕ اکھ جھلک وُچھنہٕ باپتھ اٰسی لڑکہ وومنز کالجس گتھ کران۔ یتھہٕ پاٗٹھی روٗد ریحانس پَننہِ حُسنُک غروٗر دوہہ پتہٕ دوہہ ہُران۔

گریجویشن کرنہٕ پتے لٔج سو اَکس ہواٗیی جہاز کمپنی منز بطور ریسپشنسٹ۔ اَتہِ تہٕ آو اٰمِس پٔنُن حُسن تہٕ لوٚبہٕ وُن آ کاربکار تکیاٚزِ انٹرویوہنہٕ واٗلی

گئیہِ تَس وِچھتھ روٹہٕ تہٕ کانٛہہ سوال پرٛژھنےٚ گرٕ کھ سوٚ سلیکٹ۔

کمپنی منٛز تسنٛدِس کاونٹرس اوس پرٛ بتھ وِزِ ماکہٕ ہیوٚ روزان تکیاٚ زِ لوٚکھ

أسی اکہِ نتہٕ بیٚیہِ حتہٕ تَس سُتی کتھ کرٕنی یژھان۔ ماجد تہِ اوس أتھی کمپنی منٛز کأم

کران مگر ریحانس سٕتی کتھ کرنَس اوس نہٕ بَہران۔ مگر أندٕری أندری اوس تسنٛدِ

حُسنُک دیوانہٕ گوٚمُت۔ اَتھ برعکس أس نہٕ ریحانہٕ تَس چھکان تہِ کتھ کرنُک

اوس نہٕ سَوالے۔

یپأری أسی منٛزِ یاربو ریحانٛز مأج تہٕ مول پسرٕ أنٛمتی تہٕ لڑکن ہنٛزٕ

سِلسِپہٕ بودر گرِ تژ اوان یمَن منٛز ئیپس گرن ہندٕ بن لڑکن ہندی ناو تہِ أسی

آسان۔ مگر ریحانہٕ أس نہٕ اورکُن کانٛہہ غور کران۔ ووٚنی أسی دوشوٚے ممی

ڈیڈی ریحانس ونان زِ اگر تَس پانَے چُھہ گرُن یمَن آسہِ نہٕ کانٛہہ اعتراض۔

وٕل گوو زندگیہِ پٹھ چُھنہٕ کانٛہہ بھروسہٕ، توَے أسی تِم کنُس اولادس کھاندرٕ

باپتھ زور دِوان۔

ریحانس گوو از گوڈنکہِ پھرِ احساس زِ تَس پرٛ ممی ڈیڈی ہٕند بن

جذبن قدر کرٕنی۔ تہٕ دژ ایہِ دفتر کُن۔ سِتاپس پیٹھ ییلہِ کمپنی ہنٛزٕ گاڑی تَس

تُلنہٕ باپتھ رُکے یہ کیاٚ ہتام دھماکہٕ گوو تہٕ سارِنے گوو أچھن اَنہِ گوٹ تہٕ

ریحانہٕ چھےٚ پتھر لایِنہٕ آمٕژ تہٕ ماجد تَس سینہٕ سپر بٕنتھ چھوکہٕ لد گوٚمُت۔ سُہ

ریحانٕنۍ مأج تہٕ مول گیہِ یہِ وِچھتھ حأران تہٕ ووٚنُکھ یہِ کیاہ؟

اظہر وُچھکھ ماجہِ ہٕنزِ کوچھہِ منز ہہتھ ببہِ ژہہ ژہہ دِوان تہٕ ریحانس أچھ دَدرا ے وَسان۔۔۔۔

ماجدس اَتھس منز ہسپتال فایل پران پران ننیٚو وتِسندِس مألِس زِ ریحانس چھےٚ بب ژٔنۍ تِکیاہ زِتِس چھُہ وِلٹہٕ دوونَو یوٚمُت !!

جلے ۲۰۰۶ء

...

پٕرۍ یہِ گاران گِہے منگان تارَکھ
شُرشہنشاہ تہٕ مَژ رکران باضے
اَزلہٕ لأنِس تہٕ گوٚ ژھ لیکھتھ آسُن
خألۍ بٕرۍ بٕرۍ ہلَم گرٕ ھان باضے

سجاد حسین

نیٚو کھ ایمبولنسہِ منٛز ہسپتال۔

پگاہ ییلہِ ریحانہٕ سران کٔرِتھ ڈریسنگ روٗمس منٛز اَنس بروٗنٛہہ کنہِ کھڑا روٗز تَس گو وا ایٚحساس زِ تَسُند یہِ حُسن تہٕ لوٗبہٕ وُن آکار روٗد برابر تیلی قائیم ییلہِ ماجدن پَنُن پان چھیٚپہِ دِتھ اتھ حفاظت کٔر۔ سو دَوییہِ ہسپتال تہٕ روٗز ماجدنِس چھوکن مرہم کرنہِ تہٕ یِہوے بنیوٚ وسبب یِمن دون ہِندِ کھاندرُک۔

مگر کیٛنٛہہ کال پتے پٔنٛنس لوٗبہٕ وُنس آکارس ییلہِ تِمہِ ہیر پھیر وُچھ گژھان تَس گیہِ ماجدٕنی تہٕ یڈ منٛز بَنن وأنِس بچہٕ سِنٛز درٕ ے تہٕ مُشکِلن گیہِ بچس زنم دِنس تیار۔ مگر زانٛہہ تہِ ترٛاَون نہٕ اظہرس اَسس بب، ئلی کہ اوُسس ہسپتالس نکھہٕ سُہ پوسٹر وِچھتھ خشم کھسان۔ یتھ منٛز اکھ مأج وَچھس ستی رٔٹتھ بچس پَنُن شیٖر چاوان چھیٚ۔ سونچان اَس زِیم سأری پوسٹر ژٹہٕ ہا۔۔

تَس اوس انگریزی بیٚوٹی رِسالہٕ پٔرِتھ یہِ نتیجہٕ مُت زِ بچن دود دِنہٕ ستی چھہ سینہٕ الوٛند گژھان تہٕ اَچھ شکل بِگڑان۔ سو اَس نہٕ کُنہِ تہِ صوٗرتس منٛز پٔنٛنس آکارس ستی کمپرومایز کرنس تیار تہٕ یتھہٕ پأٹھی روٗد اظہر ماجہ ہِندِ دودٕ نِشہِ محروم۔ چاہے سُہ اَمہِ باپتھ بڑٕ ژھہٕ بڑٕ ژھہٕ تہِ کرِ ہے۔۔۔۔۔

اکہِ دوہہ آیہِ ریحانہ مَژٕ ہندی پأٹھی لارِ مالیُن تہٕ چھیٚ اظہرس تھیٚپہِ تھیٚپہِ ژھانڈان تہٕ آلو آلو دِوان !

ریحانٕنۍ مأج تہٕ مول گٔیہ یہِ وِچھتھ حأران تہٕ وونٛکھ یہِ کیٛاہ؟

اظہر وُچھکھ ماجہِ ہٕنٛزِ کوچھہِ منٛز ہیتھ بَبہِ ژٕ ہہ ژٕ ہہ دِوان تہٕ ریحانس أچھ دَدرائے وَسان۔۔۔۔

ماجدس اَتھس منٛز ہسپتال فایل پران پران ننیوٗ وتسٕندِس مألِس زِ ریحانس پھےٚ بب ژٕنٛنۍ تِکیاُ زِتس چُھہ وِلنٛہٕ دودنَو یوٗمُت !!

جلےٚ ۲۰۰۶ء

...

پٔرۍ یہِ گاران گھےٚ منگان تارَکھ

شُر شہنشاہ تہٕ مَژ رکران باضے

اَزلہٕ لأنِس تہٕ گوٚ ژھ لیٖکھتھ آسُن

خأِلۍ بٔرۍ بٔرۍ ہلَم گژھان باضے

سجاد حسین

# دود

سۄرانہٕ گُٹھہِ نیران ییٚلہِ نذیر صأبَس رۆمی ہنٛدِس أدرِس مستَس تہٕ بَدنَس پیٚٹھ نظر پیٚیہِ تَس گوو أچھن انہِ گوٚٹ تہٕ ہیٚرٛ نَس کھورٕ تلٕچ زمین ژٕلنی۔ تَس باسے یہِ سوا ژیہے نارٕ ترٛٹھ ہِش تہٕ لوٚگ سونچنہِ زِ یٔزی اَس حلیمہٕ تَس بار بارَوَنان زِ سأنی کوٗر چھےٚ ووٗنی بالغ سپزٕمژٕ۔ مگر نذیر صأب اوس کُلِس ڈول لاگان۔ تِکیازِ تَس اوس پےٚ زِ سُہ ہیکہِ نہٕ کھاندرٕکی بارٕ اخراجات ووٗنی وہتر أوِتھ۔

گٲشیرٕ ہُند صاف نب ییٚنہٕ وَنلہِ بُزی گووتہٕ نٛدِس کارخانس مٔنز أسی

اَکہِ اَکہِ ساری کأری گرزنتہِ غأب گأمتہ ۔ تہٕ تِتھہٕ پأٹھی اوس تَس کاروبارَس لتہٕ آمُت ۔ کانْہہ تہِ اَساعی أس نہٕ ووٚنی نذیر صأبس قاٗلین تیار کرنہٕ باپتھ آرڈر دِوان ۔ سُہ اوس پریشان زِ وُمرِ ہے تَمی کاروبارس منٛز ایمانداری وَرتاو سُہ کیاز تہِ ووخوداصأبن یِتھہِ آزمایشہِ منٛز زِ سُہ چھُنہٕ پَننہِ بالغ کوریٚ ہندی سامانہٕ پوٗرہ ہبکان کٔرِتھ۔

یپأری اوس سُہ زبَر خاندانس سِتی تعلق تھاوان تہٕ انگ أشناو أسِس تقریبن سأری آسَن وأنی ۔ مگر اَتھ برٕ وَقتَس منٛز آس نہٕ کانْہہ اکار بکاریٚلہِ زَن سارِنٕے تَسُند حال ویٚدِس اوس ۔ سُہ اوس سونچان زِ مےٚ تہِ ہے وَقتہٕ وَقتہٕ واریہَن أشناون تہٕ دوستن اَتھہٕ اوس شیٚہلو ومُت ، وَقتن کُس ہَوا بدلوو زِ سورُے کوٚرُن تَمن مُشید ۔ أتھی منٛز گوٚو سُہ حلیمٕنی یہِ آوازبوٗ زِتھ زِ ''وَلی چھُنہٕ رَسَد کھأنی تو ہُشار ہیو تہٕ ووٚتھ چھِمرٕ و زَنگو تھوٚد۔

اَزیٚلہِ سُہ واریہہ کأنی بازردٕ او تَس پیٚو وسبٹھاہ کمزور تہٕ ژھیٚنۍ متہٕ پلَوأ رِتھ اکھ شخص بُتھہِ ۔ سُہ روٗ دَس کُن مُدے گُنڈِتھ وُچھنہِ ، کیاہتام چھُس یاد پیوان ۔ سِتی پرٛ بزنوٗون تہٕ چھُس وَنان ہے ژٕ ماپچھکھ غلام محمد؟ تَس ژٕج کرٛبکھ نیرِتھ ''ہَیا نذیر صأبا لکیا بلایہِ وُہہِ ؤہری ہاوُچھمکھ'' تہٕ روٚ تُن نالہِ مَتہِ ۔ نذیر صأب چھُس پرٛژھان ژٕے رِکھو زَچہِ لاریمٕ ، ژٕ ہے مزَس منٛز

اوسُکھ ۔غلام محمدَس گٔیہِ اُچھ ترٕتہٕ ووٚ ننَس یہِ ہاچھے زٕ تٕھ دلیل کیاہ وَنے ۔

نذیر صابَن بہنو وسُہ سڑکہٕ ڈٔندِس تہٕ چھُس پرٕژھان ژٕ ے کیاہ سپُد ے۔ غلام محمد چھُہ تَس وَنان زِ دون کوربن منز اوسُم کُن لڑکہٕ شبیر یُس سبٹھے ہٕ کامیأبی سان پٔنُن کاروبار اوس چلاوان، تہٕ تتھہٕ پأٹھی زبر پوٚنسہٕ ٹوٚنک کماوان۔ کارخانکی سأری کأری گر أسی خوش تہٕ أسی أمِس نِشہِ پٔنُن کامہِ کار پرٕ ہتھ دوہہ منز سان پوٗرٕ کران۔ مگر کینٛہہ کالہٕ پتےٚ گووہوٚ ہے بدل تہٕ کأری گر ہیٚتِن وارٕ وارٕ یہأ ے غأب ہوٚی گژھنہِ۔ شبیر گوو پریشان زِ کأری گر گٔیہِ ہےَ تہٕ گٔیہِ کوٚت ۔ سُہ روٗد اوند پوٚک گارنہِ۔ أتھی منز ہیٚتِن بدلے لوٗکھ أمِس اور یِنہٕ۔ سُہ گوو پریشان زِ تسندِس کارخانس کُس لُرٕ پار گوو۔ سُہ گوو کینٛہہ کالہٕ پتےٚ پھلو أ ے تہٕ کأری گرن ہٕندی پأٹھی گووسُتہِ غأب۔ پرٕ ہتھ جایہِ ژھورُم مگر کُنہِ درٕ اونہٕ تسُند پےَ پتاہ۔ خاندارنہِ کوٚرنَم نہٕ یہِ غم برداش تہٕ ترٕ اوٗن مَنہٕ وادمیٚژ تل شوٗنگ ۔

ازگٔیہِ شُراہ ؤری سأئنس کارخانس ہایہِ دأوی گُمتِس ۔ کانٛہہ اکھاہ چھُنہٕ بَرکھولان یُس اَتہِ لَژھہِ گأمتِس پٔنِس نوٚسَرِ رنگ کھالہِ ہے۔ بہٕ چھُس ووٗنی کُنےٚ ییٚتی شام گژھم تتہِ ترٕ اوٗلر۔ آزاد۔۔۔ بالکل۔۔۔ آزاد !

یہِ وَنان ترٕ وو غلام محمدن ٹھاہ ٹھاہ کران اَسُن تہٕ درٕ اوٚتُمی وَتہِ یتھ نہٕ

کاٗنہہ اَنداوس۔

غلام محمدٕنی یہِ دَگ بوٗ زِتھ گوو نذیر صاٗبَس پَنٕن سورُے دود مُشِد تہٕ گوو بےٚ حبس تہٕ اَتھی بےٚ حیٚسی منٛزٕ ے ہیٚتِن غلام محمدٕنَن پٕدی آگھن پیٹھ پٔنٕنۍ قدم ترٛاوِنۍ۔

ستمبر ۲۰۰۶ء

...

شاہ توس کاٗنہہ کتان نہٕ گُلریز کاٗنہہ پَران
یَتھ میانہِ سَرزمینہِ پینٛس گووزَمانہٕ شین
شہناز رشید

# ایس ۔ آر ۔ او

ئلۍ چھس وَنان ٹوٹھ۔

مےٚ اوسنہٕ یہِ زانہٕ ٹوٹھ۔

لوکچارَس اوسُم تل پٔدۍ شَلکھ کران تہٕ اَز چھنہٕ سیٚدِ بُتھہِ کتھ تہٕ کران۔ تہٕ نہ سانٔۍ اخراجات پوٗرٕ کران۔ دَپان چھُس ۔۔۔۔۔۔۔

نذیرا ! ژےٚ ژُھن نیا تاوَن ژٕ رِکھو وَنان۔

ہَیا شبیرا ! یہِ ہالسہٕ ملک تہٕ چون ٹوٹھ۔ یہِ ہاچھُہ سانہِ ترقیہِ باپتھ بٔڑ رُکاوٹ، أمِس ہاپیٚہِ کانٛہہ یِلاج کرُن۔

ژِ کہو وَنان ژِ چُھکھا پَنہٕ نِس ماٲلِس متعلق یوٗت بَد سونچان بہٕ نا

کرٕ ے نہٕ یہِ برداش۔

ژٕ ہا کرکھ وَقتَس پٮ۪ٹھ پانَے برداش۔

پنہٕ نِس بأے ہٕشرٕ ن کتھَن پٮ۪ٹھ لوٗگ شیرٕ سونچنہِ تہٕ چُھہ نذیرَس

وأ ہی تبأہی وَنان۔ مگر یاد پیوٗس زِ تٔمی وَنیوٗ وماٲلِس زمینہٕ کنال کِنہٕ باپتھ یُتھ

سُہ زٕ لَچھ روپیہِ رشوت دِتھ نوکری لگہِ ہے۔ تِکیٛا زِ تَس اوس شہرٕ نوکری کرنک

سخ تمع۔

نذیر چُھہ دوہَے نِو بَجہِ بَس اڈَس منز شہر گژھن واللین مُلاٗ زِ مَن

تھلہِ تھلہِ وُچھان تہٕ ازپٮ۪یہِ تَس راجَس کُن نظریوسہٕ باقی یَن مُلاٗ زِ مَن ہٕتی

بسہِ کھٔرِ۔ تَس آیہِ یہَے کرنٹ ہِش تہٕ چُھہ دکاندارس پرٕ ژھان زِ راجہٕ کیٛا زِ کھٔرِ

مُلاٗ زِ مَن ہٕتی بَسہِ تہٕ سُہ چُھس وَنان زِ راجہٕ ئُج حالے اِبس۔ آر۔اوٗس تحت

مُلاٗ زِم۔ اِبس۔ آر۔اوٗ تہٕ کیٛا ساگوو۔ ہے تَس اوس ناموٗل کرٕ اس فایرٕ نگ

منز گولہِ ہٕتی موٗ دمُت تہٕ سرکارن لأج تسنز کوٗ رراجہٕ نوکری۔

تیٛلہِ چھا سرکار تِمن سارِنے نوکری لاگان یِہندی ماٲلی گولہِ ہٕتی مَران

چھہِ۔؟

اٗہن ساوٗ نیٛکتام چُھہ یی سپدان۔

نذیر لۆگ سونچنہٕ تہٕ نظر چھبس راجَس کُن یوتام گاڑی شہر کُن وڑایہِ ۔ نذیر اوس راجس ہِتی اَکی سےٚ سکوٗلَس منز پَران تہٕ تَس اَس راجہٕ خوش کران ۔ مگر راجہٕ اَس نہٕ لڑکن ہِتی زیادٕ کتھہٕ کران ۔ ووں گوو اَز اَس سو سائٹھی یَن ہِتی کُھلہٕ کتھ باتھ کران ۔ یہِ وُچھتھ ہیوٚتُن نذیرس نوکری ہُند زیادَے پہَن تمع ہُرن تہٕ چُھہ رائتی راتَس ابس' آر' اوٗ س متلِق سونچان !!

جوٗن ۲۰۰۷ء

...

سَہَل چُھنہٕ شاہباز باوُن تمبرِی زوٗل
عکس ژلہٕ وِنی روٗ دی لفظَن بَس طماہ

شہباز راجوروی

# نجات

پیۆ وہا !

پیۆ وہا !

پیۆ وہا !

سارِنے سوار بن ژول زُوزَن نیرِتھ ییٚلہِ جہازَس منز أکی لوٗکٹ شُری بےٚ شوٗنکھی پأٹھی کرٛکھ دِژ۔ جہازِ اوس وٕلگِتھ کھوان یُس خطرناک اوٗ بڑس منز ہہنہِ اوس آمُت تہٕ سوارِ ترٛاہہِ ترٛاہہِ کران۔ مگر وسیم اوس پٔننہِ سیٹہِ پیٹھ خوالیس منگان زِ جہازِ گوٚ ژھوٗسی پیۆن تہٕ تَس میلہِ ہے وِلٹہِ بمارِ نشہِ نجات تہٕ گرِکِن اِنشورنس رٕنگی اکھ بوٚڈ رقم۔

۲۰۰۷ء

# وَکانۂ

مےٚ چَھنہٕ تہندِس نیٚچوٗس ستی برابری۔ یہِ مےٚ خوش کرِبہٕ کرٕتی۔!

ہیٚیے بڑٕ بُتھی پھِر چھکھ گُمرٕ!

اگرِیُ ساریےٚ نوشہِ کورِ کرَن تیٖلہِ ہے پوٚک گریٚگ لوہ لنٛگُر۔

گوڈٕ چھم نہٕ تران فکرِ زِ ژٕہاٚے اٚسِکھ بٹوجی نِس کھاندرس تام ٹھیک، وونی کیٚاہ سپدُ ے۔ وُچھی وونی آیہِ بیٚا کھنوش سون گرٕ پانہٕ واٚنی گرِ وسمجھوتہٕ۔

اکھأ کِس ییٚوا کار بکار۔

ٹاٹھا جی چُھ بڑٕ عاجزی سان پننہِ بجہِ نوشہِ سمیرنہٕ نصیحت کران مگر تَس

چُھنہٕ کینٛہہ تہٕ پَلہٕ پہوٚ ان۔

سوٚ چھےٚ یہِ کتھ بێیہِ دوٚہراوان زِ تَس چھنہٕ ووٚنی ہیر جی یَس ستی برابری۔

آہنی کیا زِ؟

آسہِ کینٛہہ وجہ!

اَدبی بۄ چُھہ سۄنو کریہ خوش کرِ وٚگرِو۔۔۔۔۔

ٹاٹھا جی ژاو پێنٛنس کمرس منٛز تہٕ چُھہ پێنہِ آشنہِ پڑ ژھان ہنگہٕ منگہٕ کیاہ سۄپُد سمیر نہِ۔ اُمِس آونا خوش بٹو جی یُن مَہرازٕ بَنُن۔ یہِ اُس تَس بڑ پیارگران تہٕ ژھاین تہٕ گرٛاین وُچھان روزان۔

مےٚ کیاہ چھِم پَے گُس وَکانہٕ گوس۔ تہٕ دژایہِ گُٹھہِ منٛزٕ تہٕ چھےٚ سمیر نہِ پڑ ژھان آہنی کیا زِ چھےنہٕ رِنس ستی بَرابری؟

ژٕ کتھ چھکھ ازِ لِس ڈوٚل لاگان، ژےٚ چَھے گوڑٕ دوہ پیٹھے پَے زِ معاملہٕ کیاہ چُھہ!

آہنی بلایہِ لگے اَسہِ کرتے پَرٕد، اُسی ہے چھہِ یزٕ تہٕ واُلی، یہِ وُنیُگ تام آیکھ کران تی کرتہٕ۔ مگر سون یزٕ تھر چھ تہٕ۔

تو ہے پانےٚ یزٕ تَس لتھ دِژٕ و۔ بٹو جی یَس کتھ اوس کھاندر گرٕن!!

نومبر ۲۰۰۴ء

# فأصلہٕ

عدالتس منز چھ لۄکن ہُند واریاہ رَش۔ دَپان از چھ ڈاکٹرس خلاف مُقدمُک فأصلہٕ تہٕ وکیل چُھ ڈاکٹرس سخت کھوتہٕ سخت سزا دِنک زور دِوان۔ تِکیازِ سُہ چھ ونان زِ مُلزم چُھ پاک پیشس پیٹھ اکھ بدنُما داغ۔ تمہِ چھےٚ سو حرکت کرمٕژ یمہِ سِتی یہِ پیشہٕ داوس چُھ لۄگمُت تہٕ کانٛہہ زٕنی چھَنہٕ از ڈاکٹرس نِشہٕ گرژھنَس بہران۔

سرکأری وکیل سُنٛز دلیل بۄزنہٕ پَتہٕ چُھ وکیلِ صفأیی جج صأبس وَنان زِ کانٛہہ تہِ فأصلہِ دِنہٕ برٛونٛہہ گژھہِ تمام حالاتن ہُند جایزٕ ہینہٕ یُن تِکیازِ یہِ چھَنہٕ صرف أکِس مظلوم تہٕ مُلزِم سُنٛز کتھ ۔ بلکہِ چُھ یہِ اکھ ناسوٗر یُس سأنِس سماجس منز وۄہکی پأٹھی پھألان چُھ۔ أسی چھِ پننِن مولجہٕ قدرن مۄل پڑاٹان تہٕ نام نہاد ترقی یافتہٕ قومن نقل کران تہٕ یتھہٕ پأٹھی چھِ ذہنی طور کھوکھلہٕ

بنان۔! أسی چھِ پَننن کورِن بااختیار (Empower) بناونہٕ کہِ بہانہٕ بڈٕ راوان تہٕ تِمن ستی ظلم کران۔

وکیل صفأیی سنٛزِ دلیلہِ ستی چھےٚ تمنأ دِم گژھان تہٕ چھےٚ جج صأبَس درخاس کران زِ سو تہٕ وَنہِ ہے اَز پزٕ کتھ!

تَس آو اِجازت دِنہٕ۔ تَمہِ وون زِ:

''ڈاکٹر صأب چھا قصوٗر روار کِنہٕ نہٕ۔۔۔۔۔۔۔ بہٕ وَنہٕ یِلی زِ تسِندِ یلا جہٕ ژٕلی مےٚ دأدی'' !!

جنوری ۲۰۰۱ء

...

راتھ کیٛت بوٗ زُم گنٛنن اوسُکھ گوٚان

بیٚیہِ گرُن آسی ژٕے کانٛہہ اَنہار اَز

نسیم شفأیی

# خاب

أمِس چُھہ پَر ہوالوٚ گمُت !

توے چُھس نہٕ دوٗن ساد بوزنہٕ یِوان !

کورِ کھیوٚل چھس ، گرٛھہِ کوٚت !

گُس چُھہ پٔنٕنی پیٚنڈ پرُن کِنان !

نور محمد چُھہ سارنٕے بأڑن تھی پننہِ بیٚنہِ عأئشس رٕدٕ بَد وَنان، یوسہٕ حالَے مونڈأس گمٔشتہٕ أس پٔنٕنی جاے دڑٕیس کٕنٕنی یرٛھان۔ سو چھَنہٕ بأیِس

کِہیں تہٕ جواب دِوان تہٕ نیران۔ وَتہٕ پکان پکان چھےٚ سوسونچان زِہیکیا سو پَنٕنس خانہٕ دارس سٟتۍ کوٚر رُمت وعدٕ پوٗرٕ گرِتھ، یِیلہٕ زن تس کم کم پہاڑ طے چھہٕ کرٕنی۔ مگر تمہٕ اوس قصد کوٚر رُمت زِ آخری وَقتس تام روزِ اتھ وعدس پیٹھ قائیم تہٕ وعدٕ بامل انٕنہٕ باپتھ روزِ پزٕ بتھ کانٛہہ قوربٲنی دِنہٕ خاطرٕ تیار۔ یِی سونچان سونچان واتٕ ژ دفترتہٕ لَج میڈمہٕ ہُند ٹیبل صاف کرنہٕ۔

عاشہٕ اٲس کینٛہہ رٕتھ بروٚنہہ اَتہٕ SRO س تحت ملازم لٲگمٕژ۔ سو یِیلہٕ پَننہٕ میڈمہٕ کُرسی پیٹھ وِچھان اٲس تس اٲسی پَنٕنِس کوربن ہندی بزٕ اَنتی گژھان تہٕ اٲس ہیوٚر گُن وُچھان تہٕ خوداییس منگان زِ کرواتن تسنزٕ کورِ اتھ مقامَس۔

اکہِ دوہہٕ حُمیرہ میڈمہٕ چاے بروٚنہہ کنہِ تھاوٕنہٕ وِزِ پرٕژھ تمہٕ معصومیتہٕ سان زِ میڈم توہہٕ کوتاہ چُھوٚ پوٚر رُمت تہٕ کِتیاہ وٕری لِگو توہہٕ اتھ مقامَس پیٹھ واتنَس۔ میڈم گیہٕ حٲران زِ اچانک کیاہ چھےٚ تس پٕننٕ چیرٕ اٲسی بارٕ پزٕژھان تہٕ لَجس وَننہٕ زِ ژےٚ کیٚاہ اتھ سٟتۍ کرٕ پانَس ژھوپہٕ۔!

نہ حض مےٚ چُھہٕ پَنٕنس جنتی خاندارس سٟتۍ وعدٕ کوٚر رُمت زِیُس خاب تُمی پَنٕنن کوربن متلق وُچھمُت اوس سو کرِ پوٗرٕ۔

یِی ونان ونان آیہٕ تس اُچھ بٕگہٕ تہٕ میڈمہٕ ووٚن تس زِ دٔلیل کیاچھےٚ ژٕ وَن مےٚ وبستارٕ سان۔

مےٚ حض آسہٕ صرف کورِ زبوان یوٚت تام ژور گیہٕ جماہ۔ اکہِ طرفہٕ اٲسِم واٲرِوی بٲژ طعنہٕ تہٕ دوٚیمہٕ پاسہٕ خانہٕ دار دِلاسہٕ دِوان زِیم چھنہٕ کورِ، یِم

چھےٚ مےٚ گبر۔ بۄ پرناوکھ یمہٕ تیوٗت زِ اکہِ دوٚہہ کرن لوٗکھ رشک۔ مگر اللہ تعالیٰ ہَن اوس بدلے سوٚنچھمت زِ سُہ گوو اَڑ ژوٚٹ۔ مرن وِزِ اوس سُہ کوربن کمو تام چیشموٚ وِ چھان تکیاازِ تمۍ اوس اکھ خاب وُچھمُت یُس نہٕ تمۍ پوٗرٕ ہیوٚک گٔرِتھ۔ وٗں گووٚ مےٚ کوٚرتَس وعدٕ زِ چون خاب کرٕ بۄ پوٗرٕ، چاہے اَمہِ باپتھ مےٚ کینٛہہ تہِ پیٚیہ کرُن!

حُمیرہ میڈمہِ ہیوٚتُن اثر گژھُن تہٕ چھےٚ اَشِنس حوصلَس داد دِوان تہٕ وۄنَس اگر یہِ کتھ چھےٚ بۄ کرٕژےٚ مدد کرنٕچ کوٗشش مگر ژےٚ چُھیہِ کینٛہہ سرمایہِ یُتھ زن کوربن ہنزِ پڑھائیہِ پیٹھ خرچ کرنہٕ ییہِ؟

''صرف خوداصابُن ناو'' وۄں گووبۄ چھس یژھان جاے یِکنی تکیاازِ تہِ چُھنہٕ پرنک ماحول۔ مگر مےٚ چُھنہٕ اتھ کانٛہہ ساتھ دِوان تہٕ پنُن بوے تہِ چھم طعنہٕ دِوان زِ ''پرَہوا چھم لوٚگمُت توٚے چھبس اَسمانٔی وُڑان''۔ اگر حض تُہی مےٚ اتھ معاملس منٛز کینٛہہ اتھہِ روٚٹ گرِی ہیو بۄ روزٕ ہا شُکر گزار!

کینٛہہ دوٚہہ پتےٚ نیہِ حُمیرہ جی عائشہٕ گاڑِ منٛز تہٕ ہووُنس سُہ کواٹر یُس تمہِ تسندِ ناوِ الاٹ اوس کرنووُمت۔ سو گیہِ تیژ خوش زنتہِ خاندار سِندِس خابس تاَپر ہیوٚتُن نیرُن۔

وَق گوو برونٛہہ پکان تہٕ عائشہٕ چھےٚ اَکِس پتہٕ اَکِس کورِ بنگلور تہٕ حیدرآباد پرنہٕ باپتھ سوزان تہٕ تمہٕ تھزِ تاٗلیم حاصِل گٔرِتھ بجہ بجہ نوکریہِ حاصِل

کران۔

وونی چھنہٕ عأشس کُنٛج کمی، پنٛسہٕ، کٔشیرِ منٛز بنگلہٕ تہٕ بنگلورس منٛز فلیٹ۔ یم تَس طعنہٕ أسی دِوان تمہ چھہِ تسنٛز مِثالہٕ دِوان تہٕ وَنان زِ أمِس چھنہٕ کورِ ہٕلی کہِ چھس گبَر!

اکتوبر ۲۰۰۰ء

...

پَنہٕ پوشہِ پانَس سۆرکران سیکہِ بُزی چُھہ گرشھان کُنہِ مجنوٗ ناہ
کھۆت دارَس ییلہِ کانٛہہ منصوٗر اظہار بنووُن رنگارنگ
سجاد حسین

# کرٕ پھ

پروین توہہِ چھوٕے خاٗرٕے؟

آہَنی ٹھیک ہے، کیاہ زِ؟

ناے پرویز صاٗب چھا ٹھیک؟

آہَنی ژٕ رٕکھے وَنان، صاف صاف وَنی!

ناے کینٛہہ نَے!

نعیمُن یِتھہٕ پاٗٹھی پرٛژھہٕ گاٗر کرنہٕ ستی ہیوٚتُن پروینس شک ہیوٚ

گرٛھُن تہٕ چھےٚ پَنٕنہٕ ویٚسہِ وَنان:

ہے ژٕ کونہ صاف صاف وَنان!

ناے کینٛہہ نَے!

میوٗ نُے مرُن چھے، ژٕ ہے کیا ہتام کھٕٹِتھ تھاوان،

وَنی صاف صاف۔!

وِچھی ژِ چھکھ جُرت واجینٛۍ تہٕ حوصلہٕ مندز نانہٕ، یتھۍ ہوی وَلہٕ گٔژھنۍ چھہِ

پرٛتھ کائنسہِ زندگیہ منز کُنہِ نتہٕ کُنہِ وِزِ بُتھہِ یِوان۔ مگر یُس حوصلہٕ تھاوِ سو چھےٚ

کامیاب گژھان!

پرویز ہے وُچھم پٔتہٕ مہِ ہفتہٕ دوٚیہِ ترٛیہِ لٹہِ باغس منز أکِس کورِ ستۍ

مسایہِ ژٕٹان!

نعیمُن یُتے وَنُن، پروینٕ ترٛ ووٗٹھاہ ٹھاہ کران اُسن تہٕ وونُس:

ژےٚ ماچھی کاڑی خراب گٔمتۍ!

ژٕ رِکھے وَنان!

پرویز ہَے چھُہ مےٚ تیوٗت پیار کران زِ خالے آسہِ کانٛہہ مرد پننہِ آشنہِ

کران!

خبر نعیمَس کیاز باسیوٗ پروینُن یہِ اُسن تہٕ وَنُن اَپُز سو، لُج سوچنہِ تہٕ

ہیٚتۍ نَس واریاہ خیال ووٗتلنۍ۔ اکھ خیال چھُس پتہٕ یِوان زِ پروین چھےٚ أکِس

غریب مألی سنٛز زِٹھ کوٗر یُس گرس منز بیٚیہِ ژوراَن ہٕری شہِ کورِ چھےٚ۔ توَے ما

چھےٚ پروینہٕ کینٛہہ ژوٗ رِتھاوان۔

ییٲری چھےٚ پروٗہنہٕ پَنٕنِس خانہٕ دارِس از سُلہِ پِھٹھے پڈ اران۔ تَس تہٕ ہیۆتُن کیاہتام شک ہیۆ گرٕھُن تِکیاز پرویز اوس نہٕ ووٗنی پڈ اٗنی پاٗٹھی گرٕ سُلہِ یِوان مگر سوٚ اٗس نہٕ اورٕ کُن سنان۔ وٗں گووِہنہٕ نعیمن تَس پرویزٕنی کتھ وٗنی تَس ہیٚژن پریشاٗنی ہُرٕنی تہٕ دماغس منز بُرٕ خیال ووٗتلنہٕ۔ کُنہِ وِزِ چھےٚ سونچان زِ اگر پَزی پرویزس میاٗنی مایے ختم آسہِ گمژ تیٚلہِ کیاہ بَنہِ۔ باضے چھےٚ پانٕے پانَس تسلی دِوان زِ پرویز ہیکہِ نہٕ مےٚ نِشہِ دوٗر روٗزِتھ تِکیاز مےٚ چھنہٕ زانٛہہ تہٕ تس کُنہِ قسمٕچ پرٕگی تھاٗوِمژ نہٕ چھٕمَس وادکوٚرمُت، تیٚمی لرِاوسُم ونان تمی لرِ اٗسس شونگان!

تیٚلہِ کیاز چھہ سُہ باغن منز ووٚپرکورِ ستی مَسایہِ ژٹان، کینٛہہ تہٕ چھس نہٕ فِکرِ تران۔ تَس پیوٚ ویاد زِ اکہِ دوہہ اوس تَس زبردس کلہٕ دود تہٕ دِلَس نار وُہان تہٕ پرویز اوس واریاہ پریشان گوٚمُت دوہَو تہٕ اوسنہٕ اثر کوٚرمُت، وٗں گووِیلہِ شامَس شونگن وِزِ پرویزن تَس کلس موٗٹھ تہٕ سینَس پھش دیُت تس باسیوٚ وۍزوِنس نارس زَنتہِ شبنمٕچ شہلتھ پیوان تہٕ سورُے دود تہٕ دَگ اٗس ختم گمژ۔ تس آو خیال زِ چھنا صلح زِسوکرِ از ناٹک تہٕ اَپزُے وَنہِ زِتَس چھےٚ کلہٕ پیٹھہٕ نلَس تام ساٗری سے پانَس دَگ تہٕ اگر تمی پڈ اٗنی پاٗٹھی مےٚ یلاج کوٚر تیٚلہِ چھہ نعیمُن وُچھن تہٕ وَنُن سورُے اَپزٕ۔ تہٕ یوٚ دوٚیے تمی مےٚ پَنُن یلاج کوٚر نہٕ

تیٚلہِ ۔۔۔۔؟ ۔۔۔۔۔ نہٕ بہٕ کرٕ حالاتن ہٕستی کمپرومایز ۔۔۔!

بہٕ وَنہٕ تَس یہِ ژےٚ نیٚبرٕ چھےٚ کرُن تہٕ کرمگر گرٕ یہِ پانژٕ بجہِ !

آ !

یتھہٕ پأٹھی کرَن نہٕ مےٚ کتھہِ زِرٕؤن توٗگُس نہٕ اَتھس منٛز رَٹن ۔ اگر خاندار دفتر پتہٕ سیوٚ دُے گرٕ واتہِ ، تَس روزِنہٕ پَرکل تہٕ گریٚگ ماحول گژھہِ نہٕ مُتأثِر ۔

پروین چھےٚ پانَس سوال کران تہٕ پانَے جواب تہِ دِوان ۔ تہٕ آس خیال زِ اَز پأراوِ سو پنٕن پان مہرِنہٕ ہندی پأٹھی تہٕ دِیہِ باس پرویزس زِ تَس منٛز چھِنہٕ کانٛہہ کمی ۔ سوٗ ژایہِ سرٛانہٕ کُٹھِس تہٕ کلہٕ پیٹھہٕ تُجِن پوٗژ ، کڑِن سأری پلَو تہٕ مژروۄن مَس ، کُنی دِنَن دِژِن کلَس تہٕ مَس آو تُھس وَلنہٕ ۔ زنتہِ کرٕہِنی اوبرٕ لنکن پژٕ زٕلِوٕنی زۄن غاب گرٕ ۔ سونمیہِ بوٗن تہٕ کُنی کرِکھ ژٕج نیٖرِ تھ ، تکِیاِ زِ کمی تام اُس مَچہِ ہٕزٕ لرٛ اونٛڈ تار کرِٕ پھ گرٕ مژ ۔

مارچ ۱۹۹۹ء

...

یتھ تھرس پیٚٹھ چھ روند دول بہاں
تِتھی دُکانس ہَض پرأٹمژ چھکھ لب

......مشعل سلطانپوری

# فیس

مشتاق صأب اوس باقی ین نسبت سٹھہے رُت ماشٹر مانہٕ یوان۔ توَے اُسی لۆکھ پنٕنہٕ کوربن تہٕ گۆبرن تسُند گرٕ ٹیۄشنہٕ باپتھ سوزان۔ سُہ اوس ژُکہٕ سان تمَن پرٕناوان تہٕ اکہٕ دۄہہ کیٛاہتام وُچھتھ آو تَس خیال زِ سُہ ماچھ گونہَن رٕگرفتار گژھان زِ بالیغ کوربن تہٕ کٹٕنہٕ چُھہ یکہٕ وَٹہٕ اُکی سے کُٹھس منز تاٗلیم دِوان۔ تمۍ ووٚن کوربن زِ تم ین ٹیۄشنہٕ باپتھ صبحس تہٕ لٔڑکہٕ ین شامس۔

کینٛہہ کالہٕ پتےَ ہیوٚتن تسُند کُٹھ کورِ یو تہٕ لٔڑکو نشہٕ خاٗلی گژھن۔ سُہ گو و پرٕیشان تہٕ کہیں تہٕ چھس نہٕ فکرِ تران۔ ییلہِ تمۍ یہ کتھ پَنہٕ نس اَکس دوستس بأوتمۍ وونُس ژِ کوتاہ ساد چھکھ، ژے چُھتھ پانَے اَتژ کوٚرمت۔ ژے کتھ اُسی کورِ تہٕ گُڈٕ الگ کرٕنی۔ تم اُسی نہٕ ژے نِش پرٕنہٕ یوان بلکہٕ اکھ اَکس سمکھنہٕ یوان تہٕ ژے فیس دِوان !!

جۆن ۲۰۰۸ء

# زُلفی

شہرس منز چھےٚ پڑ بتھ طرفہٕ گولہِ چَلان تہٕ لۆکن چھےٚ وَسواُسی پھٹان۔ خبر کاٗتہن گرن ہندی ژاُنگی گرژھن از بێیہِ ژھبتہٕ۔ خدایا اَسہِ کم گوناہ چھی گری ہتی! ژےٚ کونہٕ سون عاریوان۔ اَسہِ کرپٔن چارٕ۔

مُنیر صاب چُھہ پریشان زِ زُلفی کوٚت گوو۔ اُتھی منز چُھہ نوجوانَن ہُند بوٚ ڈبارٕ جلوٗس نعرٕ دِوان دِوان پَکان۔

'نعرہ تکبیر ۔اللہ اکبر'

ہم کیا چاہتے۔۔۔۔۔۔!

'ذوالفقار زُلفی ۔۔۔امر رہے امر رہے!'

مُنیر صائبَس پیٚیہِ نعرٕ بۄ زِتھ کوٗھبن لورِژٲنڈ ہش ۔ سُہ گو وجلوسس نکھہٕ تہٕ یہِ بۄ زِتھ گوس أچھن اَنہِ گوٚٹ زِتسُند نیچُو چُھ شہید سپُد مُت تہٕ لاش چھےٚ ہسپتالہِ ۔ سُہ چھ پلوٗژٹان، وَدان تہٕ ہسپتال کُن دَوان ۔ أتھی منزٕ گیہِ تٕسندِس موبایِل فونَس رِنگ تہٕ ''زُلفی کالنگ'' وُچھتھ ژٕجس کرٕ بکھ نیرِتھ ۔

زُلفی چُھ زِندَ ے ۔

زُلفی چُھ زِندَ ے ۔

تہٕ پیوٚ وبٹہٕ پٹھہٕ وٕسی

تہٕ

آشنہِ وونُس ژےٚ کیاہ سپدُ ے شُترَن ۔ !

جولٲے ۲۰۰۸ء

...

أسی تیلی نیندرِ ہُند ٹلان آنند

لوٗ کھاز شب بیدار سڑکن پٹھ

غلام نبی فراق

...

# کرٛینجلہِ پوٗز

پاناشُربن ہُند چُھ لول آمُت۔ آہَن ساشُری چھہِ بہانَے، آشنہِ ہُند چھُم زیادَے پہَن لول آمُت۔ مگر کرِ کیاہ افسَر چُھ بڈٕ وُلٹہٕ خبر کیاز ِچُھنہٕ اَسہِ مُلاَزی مَن گرٕ تڑاوان۔ تَس چُھ باسان خبر کاۂم ما گڑھہِ بہتھ۔ کُس وَنبس ہَیا کارِ سَر کار چُھنہٕ کاَنسہِ ہِندِ ستی بند گڑھان۔

گوڈٕ چھُم نہٕ فکرِ تران زِ یہِ دَربار موٗگُی چُھ تھوٗ ومُت۔ ازکل کُس زمانَس منٛز ییٚلہِ سائنس کہِ برکتہٕ سورُے عالم اَکِس گامَس منٛز ژمیوٗمُت چُھ تہٕ اکہِ اونگجہِ ٹیٚنڈِ ستی مُشکِل کھوتہٕ مُشکل کاۂم اندان چھےٚ۔ اَسی کیاز ِچھہِ

سأرِے سرکارا کہِ جایہِ پیٹھہٕ بیٚیس جایہِ نوان تہٕ خانہٕ بدوش ہٕنٛز زندگی بَسر کران تہٕ تِتھہٕ پأٹھی سرکارُک کرورٕ بوٚ دسرمایہ کرٕنیچلہِ پونی گژھان۔

سأری لیڈر روَنان أسی چھہِ لۄکن ہندی خأطرٕ خواہ مگر کُرسی رٕٹتھ سورُے مَشان زَن چھکھ کأڑی خألی گژھان تہٕ سأرِے بُدی وٕسی پیوان۔

کلرک غلام نبی چُھہ آشنہٕ ہُند ٹیلی فون بوزنہٕ پتہٕ پانٕسے ستی کتھہٕ کران۔ سوال کران تہٕ جواب دِوان۔ گرِچ چھَس سخ تٔرٕ آمٕژ۔ ژورر بتھ گأس گرٕ گژھنَس۔ وُٹھ چُھہ ژاپان۔ سونچان چُھہ أمِس افسرس کمہِ تالہِ وَسہِ۔ گوڈٕ ناچُھنہٕ کأہل تہِ گژھان۔

پانہٕ چُھہ زَنہِ پرٕ بتھ وِزِلور روزان تہٕ سون چُھسنہٕ خیالٕے یہِ کُس افسر چُھہ۔ تِتھس افسرس گژھہِ خودا پانٕے موٚ زوٗرِ دیُن، یَس نہٕ مُلأزی مَن ہُند خیال آسہِ۔

ہے غلام نبی صأبا ژٕ کمَن غوتن گوٚمُت؟

شُبَن جیا! کیا وَنےٚ آشنہٕ ہا کوٚ رَنم فون تہٕ وونَم ژٕ ےٚ ما چُھتھ جیمہِ بیا کھیٚتھر کوٚ رمُت گرٕ ےگوٚ ےمُشتھ۔ تَس کیا وَنہٕ ہامےٚ چھنہٕ یییتہٕ ہندرٕ ے

یِوان، راُتی راتَس چُھس تالوِ کھن سیٚکہِ ٹُھپلَن تہٕ ریٚین گژھند کران!

چاے چاو کھا اگر بہٕ سِکیم وَنے؟

ہَیا ماجہِ ہٕنز دِژے سموسہٕ ہٮ۪تھ!

وَنوٗ جَل!

بہٕ ہا وَنے صَحبَس زِ غلام نبی یَس چُھہ ماجہِ ہارٹ اٹیک گوٚمُت۔ سو

چھےٚ ہسپتالَس منٛز سیرٛ ی یَس!

ہے، کھو گوٚ ے ژُھن نَیا تاوَن!

مےٚ ہا چُھہ ماجہِ پانَس ڈاکھ کوٚرمُت تہٕ یئنٛدر گُتی گُتی چَھن میاٗنۍ

کفالت کرٕنۍ۔ تہٕ مےٚ چُھہ ژٕ ماجہِ منٛز!

بَدل کیٚنٛہہ وَنوٗ!

ہے بابا مےٚ چَھے پَے سائنَس صَحبس ہا چھےٚ ماجہِ ہٕنز سخ کمزوٗری!

سُہ ہا تژٕ اوی صرف اَمی بہانہٕ!

اَچھا وَنسٕ تیٚلہِ !

سَر ۔۔۔

ہاں کیا بات ہے؟

جناب غلام نبی کلرکس چُھ ماجہِ ہارٹ اٹیک گوٚمُت!

ویری گُڈ!

جناب کیٛاژھو وَنان سوچھےٚ سیرٖی یَس!

اوہ مَے گاڈ!

ہے سوزُن ساگرٕ!

غلام نبی دژ اوکالے تہٕ رٔٹن سوموگاڑی ۔ گنٹہٕ پتہٕ گنٹہٕ چُھ ڈرایورس پرٕژھان۔ ہے وستاأسی کیٛا زِ چھنہٕ واتان؟ تہٕ سُہ چُھس جواب دِوان:

"ہے یارٕ ژٕ ما چُھکھ گوڈنچہِ لٹہِ گاڑِ کھوٚتمُت، ترےٚ ہتھ کلومیٹر ہا چھِ کڈٕنی مخولہٕ کتھا چھا۔

یِتھہٕ تِتھہٕ ہیوٚتُن سُہ پننہٕ نِس گرس نگھہٕ واتُن، تَس چھِ دِلَس منٛز کم کم خیال ووتلان تہٕ بڑان۔ گرا چھس دِلچ دُبراے تیز گژھان تہٕ گراسو تان۔ أتھی منٛز گیہِ کربکھ ہے پاپہ ہے آو!

سلیمَس لۆج ژٕتھس شادمأنی ہنٛز پھلَے، سو گیہِ تھوٚد ژٕتھتھ تہٕ چھےٚ

دروازس پیٹھ غلام نبی یَس ژھایَن تہٕ گڑ ایَن وِچھان۔

غلام نبی ین ٹُل عاقب کھونہِ تہٕ سلیمَس کُن چُھ مُدَے گنڈِتھ وُچھان۔ تَس گو وسورُے مُشِد۔

کینژن ژِھہن ہُند یہِ میوٗٹھ خاب گو ختم ییٚلہِ غلام نبی یَن ماجہِ ہندی یم طعنہٕ بوٗزی۔

"ہَیا زنانہٕ سیٚیٖیا ژے گیا مائج مُشتھےٖ۔ دٔہی دوہَس چُھکھ فونَس پیٹھ أمِس رانٹسہِ ہٕتی مَسایہِ ژَٹان، ژٕ چُھکھا أمی سےٕ زامُت! ژٕ گسوٗ کار چُھکھ کران تتہِ، لوٚ گیٚا زوٗنگ تتھ دَفترس۔۔۔۔۔۔!

فروری ۲۰۰۵ء

...

# بس اکھ مِنٹ

ازگو وگوڈنچہ لٹہِ سلمانس ایٚحساس زِ کُن روزُن تسُند فأصلہٕ کوتاہ غلط ثأبتھ سَپدُ ۔ تِکیازِ جوأنی اوس ووٚنی تس ساتھ دُین ترِ وومت تہٕ ینہٕ وألس وقتس منز پننہٕ ڈٔکھی زأنتھ یمن سُہ رچھان تہٕ پالان اوس تِمن أسی پَر آمتۍ تہٕ دُپھ تُلِتھ ژٔلِمتۍ ۔ تہٕ سلمان ووٚنی بلکُل کُن تہٕ پَرٕ ژھیٚون ۔ تریشہٕ دامہ باپتھ اُرزُمان تہٕ دواہ بابتھ پریشان تہٕ سونچان مرتھ کیاہ سَپدِ تسنزِ لاشہٕ ۔

ماجہٕ أسس وقتہٕ وقتہٕ ژینہٕ ون دِژمژ زِ جوأنی چھنہٕ روزٕنی ۔ کھاندر کرِ پگاہ پچھتاوکھ ۔ مگر سلمانس اوس نہٕ پَلہِ پیوان سُہ اوس عاش کران تِکیازِ تس أسی واریاہ پنسہٕ تہٕ اوس وانان زِ یَس پنسہٕ تس کیا غم ۔ مگر ازِ پنسو ستۍ ستۍ صحتن

تہِ جواب دُیتمت ۔۔۔ تہٕ یتھہٕ پاٹھی سلمان بےٚ ستھ پچھتاوان زِ یہ کیاہ سَپُد۔

تمی اُس مرنہٕ پتہٕ پننہِ جسمکی خاص انگ ہسپتالَس خاۍرات دِنچ خاۍہش ظاہر کرمٕژ تہٕ ونان اوس زِ مرنہٕ وِزِ کرِ سہ تمن فون تہٕ زِن تَسنز لاش۔ مگر اَز ییلہِ راتھ کُیٹ تس یمراز نظر ترٛاو تس ڈلی لیکرِ مُنکر تہٕ 'بس اَکھ منٹ' ونان ٹُلن ٹیلیفونک ریسیور تہٕ کاشہہ کتھ کرنہٕ وراۓ گیس ہکر!!

...

شاہ کرِتھ بند شاہ کُٹھس منز ژاس لوٚت
داہ شریرس دِتھ مےٚ گس پز بزناوہے

...... اعجاز غلام محمد

# شناخت

لطیف صأب اوس پرانہِ شہرُک اکھ ویوٚ دناو۔ اَمِس أسی گرِ پاورلوم چلان تہٕ یمن پیٹھ ریشم تیار سپدان۔ سُہ اوس مزازٕ کِنۍ ریشمکی پأٹھی نرم تہٕ اوس پرٛتھ کأنٛسہِ اکار بکار یوان تہٕ کینژن اتھہٕ روٹ تہِ کران۔ سمأجی کامن منٛز تہِ حصہٕ نوان تہٕ آوررو زان۔

پننس علاقس منٛز اوسُس سٲٹھاہ محبت تِکیازِ یہ اوس أتی زامُت، پلیو ومُت تہٕ بڈ ویومُت تہِ۔ شُری ییلہِ بڈٕنۍ ہیٚتۍ نَس تِمن ہیٚژنۍ پننۍ جائے

ژھوٚٹ گژھنۍ تہٕ لطیف صأبس ژائے نستہِ ۔کنۍ زِتم تہِ بناوَن نوِ کالونیِہ منٛز بنگلہٕ۔لطیف صأب چُھنہٕ کُنتہِ صوٗرتس منٛز پنٛن علاقہ تراونس اماد گژھان مگر گرس منٛز دہ ہےَ دِنٛد وَزُن اوُسس نہٕ برداش گژھان۔تو ۔کنۍ گوو مُشکلن اماد۔

پرأنۍ جاے تراونہٕ وِزِ اوس پرِتھ ہمسایس أچھن منٛز اوش تہٕ لطیف صأب تمن دلاسہ دِوان زِ بےشک چُھ سہ تمن نشہ دوٗر روزنہِ گژھان مگر تسنٛد رُوح روزِ یمنےٚ کوچن منٛز گتھ کران۔

نوِس علاقس منٛز نوی لوٗکھ نوٚی ہمسایے۔لطیف صأب یورٕ ے سلامہ کران مگر جواب نہ کانٛہہ۔سُہ ہیوٚتُن اَتہِ راوُن ہیوٚ۔تِکیاز ِ کانٛہہ اکھاہ چُھنہٕ تس فریادی یوان تہٕ نہٕ کانٛہہ مسلہٕ ونان۔تھدبن تھدبن دیوارَن منٛز باگ بنگلہ باسیہِ تس یِمے قأد خانہ ہیوٚی' سُہ ہیوٚتُن اَتہٕ دَم پھٹٕ گژھن۔آشنہِ چُھ ونان سُہ ژلہِ واپس پننس علاقس۔شُری چھس طعنہِ دِوان زِ اَمس چُھ ناپأے کی ستی برِتھ کوچن ہُند پھیران تہٕ وُچھہٕ ہے گُس جنت چُھ یتہِ۔کاڈ اوس نہٕ تتھ کھو پرِ منٛز ہیکان کڈِتھ۔یِی وَنان وَنان دژ اس خانہٕ مول نیچو گاڑی ہتھ۔

لطیف صاأب چُھ بیہِ مِصرس ونان زِتس چُھنہ یتھ کالونی منز قرار یوان۔ تس چُھ باسان پتَن پان یہوے رووُمت ہیو۔ تہٕ سو چھبس دِلاسہ دِوان زِوارِ وارِ گژھہِ سورُے ٹھیک۔ گژھ کرِ پرأنس وطنس چکرا، دِلس لوتی بار۔

اچھا! وَنان وَنان دراو لطیف صاأب گرِ تہِ چُھ پانسےٕ ستی کتھہٕ کران تہٕ ونان سُہ کرِ وار یہہ کأڈی از پننین ستی باجن ستی ملاقات۔ مگر تَس لوٚگ اَتہِ دکہٕ ہیو ییلہِ تُمی بوز زِلَسہٕ کاک، حمید جو تہٕ مہدہ بٹ چھِ پنجاب ژٕلمتی۔ اَمِس باسیوو اَتہِ ہوہے بدلیومُت تہٕ کانٛہہ اکھاہ چُھنہ تس پرانہٕ آیہ وژھِ وأنجہِ استقبال کران۔ یہ وُچھتھ دراو لطیف صاأب واپس تہٕ چھُ ستاپس پیٹھ بسہِ پژاران۔ گاڑِ بن چُھ اورَے اوٗ ورلوڈ آسان تہٕ لطیف صاأبس نہٕ کانٛہہ اتھ وتھ یوان زِتس پیہِ پننس لڑکس پیٹھ نظر سُہ گو وخوش مگر نعمان روٗ دِ پننہٕ گاڑِ منز شیٖ گرِتھ ژلان۔ لطیف چھُ یہ وُچھتھ روٹہ گژھان تہٕ سونچان زِتس کیا زِ چھُنہٕ از کانٛہہ پرہٕ ناوان تہٕ چُھ پھٹؠ متو کوٹھو قدم تراوان۔ شامس ووت گرِ تہٕ ژاو سیٚدوےٕ باتھ روس منز تہٕ لوٚگ اتھ بُتھہ چھلنہِ تہٕ چُھ اَنس ستی کتھ کران۔

واش ہیسنہِ منز ؤچھن نِکۍ نِکۍ وال زنتہٕ کأنسہ اتہ دأرشپر ہٕثر۔ تٔم تجٕ لوکٹ قینچی تہٕ لۆگ پٕنٕس ریشس تہِ ٹھیک کرنہٕ مگر سُہ گوو پریشان زِ تسنٛدی وال کیاز ِچھنہٕ سفید واش ہیسنہِ منز بوزنہٕ یوان۔ سُہ سَنیووتہٕ گوس تسلی زِ پزی چھےٚ تسنٛز شناخت غأب گٔمژ۔

نومبر ۲۰۰۸ء

کاٗنہہ اکھا پرٛژھہم زِ توہہ کیاحض ونان

کوٗت شہرس منز بہ ناماوار چھُس

......امین کامل

# اتکساس

پئنسے چھُنہٕ سورُے!

انسانس چھے انسان سنٛز ضوٗرورت!

بے شک چھُ امریکہس منز پئنسہٕ ۔ مگر سکون چھا؟

نہٕ!

یاد چھُم پیوان زِ کشیرِ منز اوس نہٕ ئہ ظاہر اَسہٕ کہیں ۔ مگر
سبتھاہ ہمدردی، حق ہمسائے دوس تہٕ رشتہٕ دار النہٕ تہٕ ولنہٕ یوان ۔ میٹرک

امتحانس دوران ییلہِ بۂ بیمار پیٚوس ساٲری آے یہِ ہسپتال ژٕستھ تہٕ اُسی میٚے

خبر اَتر ہیوان ۔ڈاکٹر اُسی ٹاٹھس ونان زِ یتھ پاٹھی بلبو نہٕ بیمار۔مگر میٚے

اُسی یہندِ ستی ستھ ہُران تہٕ کنیٹن دوہنٕ منز گیو ٹایفائیڈ غاب ۔اتھ مقابلہٕ

کوٗتاہ صاف چھُ یہِ ہسپتال تہٕ ڈاکٹر کاٗتیاہ قابل تہٕ زبر مگر خبر ہینہٕ وول نہٕ

کانٛہہ۔

لوٗسی اوٗسس پیار کران تہٕ سو تہِ ........

آ !

دوہ یہِ لٹہِ آے یم پوشہٕ گونڈ ہتھ خبر ہینہٕ تہٕ ہاے ہو آر

یوٗ ونتھ درایہِ واپس۔سو کتہِ کانٛسہِ فرصت تہٕ میٚے دِہن دِلاسہٕ۔دیوٗ بۂ ٹھیک

گژھہٕ ہا۔کتہِ انکھ تم ہمسایے تہٕ دوس۔سوٗرے آور بر ترٲ وتھ یہن میٚے النہٕ

تہٕ ولنہٕ۔پژھ چھُم اگر وٗنتہِ تمن آلو کرٕ پان تھاون بند تہٕ واتن میٚے نِشہِ۔ بۂ

دراس بےٚ وفا تمن ستی تھوو م نہٕ راٲبطہ۔امریکہن کوٗرس تیوٗت آوٗرزِ پنٕنی گیم

مُشِد۔

بڈ ملکہِ بجہِ بیمارِ کیاز ِ روٗتس بۂ ! کانٛہہ اکھاہ ونہِ ہیم خبر کیاہ چھےٚ تہٕ یہ

کرٲنھِ تہٕ زٕنٛھِ بیمأری ،کتھٕ لارے یم ۔ میٚیٚ کیاز چھُنہٕ فکرِ تران ۔یی سونچان سونچان کھوٗل تٔمی لیپ ٹاپ تہٕ چھُ پٔنٛن میل وُچھان ۔تہٕ لوٗسی أکس گرجا گرس منٛز پادرس بروٗنٛہہ کنہِ توبہٕ کران زِسو چھےٚ گوناہ گار زِ رِچرڈس نشہِ لاریمٕژ بیمأری پُشہٕ رأوی تمہِ فرحانس ۔!!

۲۵دسمبر ۲۰۰۸ء

☆☆☆

# خاہش

نہٕ میٲنؠ چھُنہٕ ؤنہِ مَرُن !

میٲنؠ چھےٚ واریاہ کامہِ مٔژِ !

میٲنؠ چھےٚ تِمن غریب غُر باتن ہنزِ کامہِ ونہِ کرنٕۍ یہندِ دُعایہِ خاطرٕ بہٕ تحصیلدار بنیوس!

میٲنؠ نٕۍ یہندِ باپتھ ونہٕ کہیٖں تہٕ کوٗر!

بہٕ کیاز مرٕ!

میٲنؠ چھُ آی اے ایس تہٕ کرُن !

میےٚ چُھ جمیلس وعدٕ کوٚرمُت زِ ٲسۍ کرِتس سِتۍ کھاندر!

میےٚ چُھ بڑٕ مول تہٕ مأج تمن کُس واتہِ میےٚ پتہٕ؟

نہٕ ٲسہ مَرنہٕ!

یوٗنُس چُھ میڈیکل انسٹی چیوٹس منز ٲسہ ظأہر مورٕد مگر تٔمۍ چھنہٕ ونہِ ہیٚمتھ

ہأرۍ مژٕ تہٕ پننین لوٗکن ہندِ باپتھ سونچان تہٕ موتس سِتۍ لڑأے کران!

ازگیہ تَس اِنٹیسیو کیرواڈس منز برابر ژورربتھ پڑا۔تس چُھنہٕ کانہہ حِس

تہٕ نہٕ ہوش تہٕ ڈاکٹر چھ ونان زِ سہ چُھ کوماس منز گوٚمت۔علاقکۍ سأری لوٗکھ چھ

ہسپتالس منز ژستھ آمتۍ تہٕ خودایس منگہٕ منگہٕ کران زِ یوٗنُس گوٚژھ صحت یاب

سپدُن۔

یہ اوس پننہِ علاقک اکھ گاشہٕ تارُکھ تہٕ واریاہ وومیژ آسہ تمن تس سِتۍ۔

ییمہِ دوہہٕ تموٚ بوٗز زِ یونس صأبس چُھ ملٹری گاڑِ سکوٗٹرس ٹاس دِتھ اُڑجن

ٹوٗکہٕ سوٗز کوٚرمت۔تمن زن اُس یہے ترٹھ ہش پیمژ۔تنہٕ چُھ تموٚ ہسپتالس نبرٕ کنہِ

ڈیرٕ دِیٚتمت تہٕ اُسۍ اوٗش ہاران۔شہرس منز یِم تہِ استان اُسۍ تتہِ چھکھ دَشہِ گنڈِ مژٕ زِ

یُونُس گوٚ ژھ بچُن ۔ ڈاکٹرٕ تہٕ چھ تس بچاونچ زبردس کوشِشہٕ کران۔

اَز چھُ بوٚڈ ڈاکٹر تَس مُلاظہٕ کرنہٕ باپتھ اور آمت یہٕ چھُ تَس وُچھان۔

ڈاکٹرن دُیٚت تَس نرِسٕ شِنہٕ ترُس تہٕ باسییس اَمس یہےٚ حرکت ہِش گژھان تہٕ سُہ

کیاہتام وَنُن یژھان ۔ ڈاکٹر صأبن تھوٚو تَس اونگجن منز قلم تہٕ ژُمی دِژ کاکدس پیٹھ

کیہنہ رِکھہِ نہٕ اوٚ نگجو منزٕ ژوٚل قلم نیر تھ ۔ ڈاکٹرٚ یلہٕ تمن رِکھن سَنوٚ تہٕ لیکھتھ اوس :

"I am an important person,please save my life."

۲۱ دسمبر ۲۰۰۸

# آوُلن

وجاہت اوس شُری پانٕہ پیٹھے سبٹھاہ خُوب صورت تہٕ نُندٕ بون' چالاک تہٕ عأقل۔ سکولس منز ساروے کھوتہٕ پڑ ون تہٕ شُو بدار۔ توے اوس یہ سارنٕے ماشٹر باین ہُند ٹوٹھ لڑکہٕ۔ تہٕ ییلہِ تسندی مألی سکول بدلاونٕہ باپتھ تمن درخواس دُیت۔ ہیڈ ماشٹر بایہِ گیو وغش تہٕ زار پارٕ گرتھ مانٕہ روُو کھ زِسٕہ

پرِ اَتی۔ وق گو و برونہہ پکان تۂ وجاہت سکولہٕ پٹھٕ کالج تۂ پتہٕ یونیورسٹی۔

وجاہتس دوہہٕ پتہٕ دوہہٕ وجاہت ہُران۔ یمہِ کنی یونیورسٹیہِ منز اکثر کورِتس

أندی أندی گتھ آسہٕ کران تۂ أمس رام کرنہٕ باپتھ کم کم حربہٕ استمال کران۔ مگر

وجاہت ڈۄل نہٕ وتہِ۔ یونیورسٹیہ منز ماس کام گٲرتھ لۄگ سُہ أکس ٹیلی وجن

چنلہِ منز تۂ یتھے سُہ ٹیلی وِجنس پٹھ اوس یوان تسند بن عاشقن اوس شہ زَن

رُکان۔ تِسنز شکل کتھ کرنُک طریقہٕ اوس پرِ ہتھ کأنسہِ خوش کران۔ یتھٕ

پأٹھی اوس یہ وونی پرِ ہتھ اکہِ گرُک اکھ ٹوٹھ تۂ ویۄد ناوبنیومُت تۂ بے

شُمار

کورِ آسہٕ أندری أندری تس پننبن خابن ہُند تأبیر زانان۔ تۂ ییلہِ تُسند کھاندر

أکس سوٗندرتۂ خوجہِ کورِ ستی کرنہٕ آو کینژٕ وکور بوترأوڈری یاوس ووڈھ تۂ گٲرکھ

خودکشی تۂ بے شمار کور بن گیہِ بُتھین ہِنز رونق ختم۔

کھاندرٕ پتہٕ کیہنہ کالی ہیۆتُن سُہ ٹیلی وجن پروگرامن منز کمے پہن

یُن تہٕ تسندس بُتھس اَسی نہٕ ووٗنی سو رونق تہٕ نہٕ اُچھن چمک لبنہٕ یوان ییمہِ باپتھ سُہ موشوراوس۔ باسان اوس زِتس چھُ کیاہتام کرٕ ونی یُس تَس اَندری اَندری کھوکھلہٕ اوس کران۔

دپان تسنزِ آشنہِ اوس اَمی سِندس گرس منز پان غاَرموحفوظ باسان تہٕ پھاٹوَن وادلوگمُت زِ سو کیاز ِچھنہٕ ماَج بنان۔ وجاہتس اوس ڈاکٹر ومشورٕ دیُتمُت زِ سُہ گژھہِ آشنِ ہیتھ علاجہِ باپتھ نبر۔

مُمبیہِ منز ییلہِ ییٚہِ کانٛہہ چارٕ ڈاکٹرن لبنہٕ آونہٕ تموٚ دیُت وجاہتس صلح زِ ٹیسٹ ٹیوبہٕ ذریعہِ ہیکہِ اِرم ماَج بنتھ تہٕ آویتھٕ پاَٹھی تسُند کھورگوٚ براونہٕ۔

یوٗت یوٗت اِرم سِندِ جسمکی آکار بدلان روٗدی تیوٗت تیوٗت ہیٚتنی ساَری باَژ شادسپدان۔ تہٕ پتہٕ ییلہِ نرسنگ ہومس منز اِرم داَخل کرنہٕ آیہِ ساَری رشتہٕ دار تہٕ دوس پراران زِ کر بوزن تم خوش خبر زِ ڈاکٹر صاَب درایہ آپریشن تھیٹرٕ منزٕ تہٕ کورنکھ مبارک زِ لڑکہٕ زاو۔ وجاہتن تُج دوتہٕ یہٕ ؤچھتھ گوس

أچھن انہِ گوٚٹ ییٚلہِ کرٚ وہن کال ہیٚو بچہٕ اِرم ٕسندس سفید سینس ژٕہ اوس دِوان۔

بچہٕ گوو بڑان تہٕ ساروے ہیٚوٚت اِرم ٕسندس کریکٹرس پٮ۪ٹھ شک کرُن تہٕ وجاہتس وأہی تبأہی ونَنان تہٕ سُہ أندری أندری دودللہٕ وان۔تس ہیٚوتن ڈِپریشن گژھن۔ ایڈمشن باپتھ ییٚلہِ تُمۍ بچہٕ سکول نیووتس سمکھے یہِ اَتہٕ پٔنٕز فارم ٹیچر یوسہٕ ووٚنی پرنسپل أسی بنیمٕژ۔سلام دُعا پتہٕ ییٚلہِ

.تمہِ سکول ینگ وجہ تَس پرٚ وژھ وجاہتن ووٚن زِ سُہ چُھ پننس بچس ایڈمشنہٕ باپتھ اورآمُت۔ پرنسپلہِ ووٚن تس تعجُبہٕ سان:

یہ آپ کا بچہ ہے!

یہ آپ کا نہیں ہو سکتا!

کہاں آپ اور کہاں یہ!

صاف صاف بتائیے؟

یم لفظ بوٗزتھ زن آووجاہتس سینس تیٚر تہٕ دراو پٚوت کھورِ واپس تہٕ
چُھ سونچان زِ کس کس دمہٕ صفائی تہٕ وَنہٕ پَنٕن دود۔ پکان پکان چُھ بچس اتھس
چیٚرتھف گٔرتھ تس کُن باربارٕ وُچھان تہٕ ووت أکس کٔدلس پیٹھ بۄن کُن
ترٲوِن نظر تہٕ روٗد آوٕلِنس مُدے گنڈتھ ؤچھنہ تہٕ لوٗکو دِژ کربکھ بچہ ہیتھ ہا
پھۄٹ ! بچہ ہیتھ ہا پھۄٹ !

٢٧ دسمبر ٢٠٠٨ء



# انصاف

شگفتہ دی میٚے پرنہٕ۔ امتحان ہےَ ووت کلس پٮ۪ٹھ۔ ژیہٕ چھے ہشی کتھا۔
وَن وَن کیاہ چھے وُنن مگر میأنی کتھ تھاو یاد زِ چأنی یہ محنت لگنہِ گنی۔
از گژھہِ پنٕسہٕ آسُن تہٕ پنٕسے چُھ سورُے کینہہ۔
وق گوو پکان تہٕ شاہینہٕ آیہ ماجد حُسین ناوٕ أکس ماشٹرس تہٕ شگفتہٕ بشارت
احمد یونیورسٹی کلرکس باگنہٕ۔ بشارتُن لایف سٹایل اوس واریاہ تھوٚد۔ یٮ۪لہِ زن

ماجد پنٕنہِ مقدورِ مطأبق سیٚدی ساد پأٹھی زندگی بسر اوس کران۔ یم أسی أکسےٕ علاقس منٛز روزان۔ یتھٕ پأٹھی أس دونونی بینٕن اکھأکی سٕنز نظر۔ اکہِ دوہہٕ سنے یہِ شاہینہٕ زِلکرک آسنہٕ باوجود کیازِ چھُ بشارت صأبنس گرس منٛز لڑکن ہُند رش روزان

یٚیلہِ زَن ماجدُن گرِ کمےٕ ٹیوشنہٕ باپتھ یوان أسی۔ تس اوس نہٕ کینٛہہ سمجھ یوان۔

کینٛزِ کألی پتے بنوو بشارتن نوِ کالونیہِ منٛز اکھ شاندار بنگلہٕ تہٕ ینہٕ گژھنہٕ باپتھ أنِکھ نوٚ کار۔ یٚیلہِ زَن ماجد مأٹی سنٛزِ کھوپرِ منٛزٕ بسان اوس۔ شاہینس ہیوٚتن بینہِ نشہِ کمتری ہُند ایحساس گژھن تہٕ وونن خاندارس زِ سوتہِ کرِ نوکری تہٕ کرِتس اتھ رٔٹ۔ تمہِ بوٚر بورڈس منز درخاس تہٕ انٹرویوتہِ اوس زَبر گوٚمُت مگر میرٹ آسنہٕ باوجود آیہِ نہٕ سو سلیکٹ کرنہٕ۔ نوکری باپتھ کرِ تمہِ بسیار کوششہٕ توتہِ لٕج نہٕ سو کُنہِ تہٕ ہیوٚتن گرس منٛز ٹیوشن شروع کرُن۔ شُری تہِ ہیتنی بڈٕنی تہٕ ذمہٕ دأریہ تہ۔ مگر آمدنی سوے۔

یپأری چھے شگفتہٕ پنٕنٕن شُربن نبرِ بڈین بڈین سکولن منٛز پرناوان۔ تہٕ سو کتھ چھے یہِ مینٛج کران شاہینہٕ چھے پریشان۔ سو چھے وونی بینہِ نشہِ کمےٕ پھن یوان گژھان زِ اکہِ دوہہٕ گو وتس اخبار پرٕتھ أچھن انہِ

گوٚٹ زِ بشارت چھُکھ سٹوفکیٹ سکنڈلس منٛز گرفتار کوٚ رمت۔ سو دَویہٕ شگُفتن

گرٕ تہٕ یہٕ ؤچھتھ گییہٕ حأران زِ تَسنزِ بینہِ اوس نہٕ کانٛہہ ملال ئلہِ کہِ دِتُن شاہین

سےٕ دِلاسہٕ زِ ؤچھ کیاہ سپدِ۔

بشارتس خلاف چُھ مقدِمہٕ چلان تہٕ کینٛژ کألی آو سُہ بایزتھ بَری

کرنہٕ تِکیاز یمس جج صأبس نشہِ تسنُد مقدمہٕ چلان اوس دِ پان

تَسنز اکھ سٹوفکیٹ تہٕ اَس بشارتنہِ ڈسی اجرأ سپز منٛز۔ !

********

۲۰/ جنوری ۲۰۰۹ء

# جِگر

روف صأب چُھ ازبێیہ کھُلہٕ مأدانس منٛز پننس بچس دوٚد دِنٛچ کوشش کران۔ مگر سُہ چھُس چھوچھِ گتری کران۔ تہٕ روف صأب اۆش ہاران تہٕ ڈبکس ژنجہِ دِوان۔ ہێورٕ گُن وٕچھتھ خوداِیس ونان" کتھ ازمأیشہٕ منٛز ترووتھس" تِمی أس ووٚنی بِلکُل ہێمتھ ہأرمژٕ۔ تِکیازِ فریدس ورأے شُر سنبھالُن اوسُس نہٕ تگان۔ یمو أسی پانہٕ وأنی کم کم خاب وٕچھمتۍ مگر شُر تھنہٕ پیٛنہٕ ہتی آسہٕ تمہِ أچھ وَچمژٕ۔ تَنہٕ چُھ روف صأب موٚت گوٚمت۔ شُرس دوٚہ

رات سینس ہتی رٕٹتھ للہِ وان تہٕ تَس سوال دِوان ژھوپہ کرتہٕ۔ پگاہ گُس جواب دِمہٕ فریدس ییلہِ سوٗ اٗخرتس منز سوال پرٛھسم زِمیاٗنی نِشاٗنی تٕجی نہٕ سنبھالنی۔

وَق گوو برونٛہہ پکان تہٕ روف صاب چھ نویدس ژھاین تہٕ گراین وٕچھان۔ پڑھے چھَس نہٕ یوان زِپزی چھاسہٕ سکول گژھان۔ میٹرک اِمتحانس منز ییٚلہِ نویدن ڈِسٹنکشن اوٗن۔ روف صاب گووسیٚو دُرے مقبرس پیٹھ تہٕ چھ قبرِ پیٹھ فریدس وَنان "نبر نیر تے ہیٚچھو ہے گوٚ ے پاس"۔ نویدن گرہَم جماعت تہِ زبرپاٗٹھی پاس تہٕ ماٗلی سوزسہٕ انجینر گ باپتھ بنگلور۔ تہٕ چھُ تَس دوہے شامس ٹیلی فون کران تہٕ خراٗتر ہیوان۔ مگر کینہہ کالہٕ پتے ہیٚوتن ماٗلِس تہٕ نیچوِ سُند یہ راٗبطہٕ کم گژھُن تہِ اکہِ دوہہ آو کالجہ طرفہٕ یہِ پاٗغام زِ نویدُن داٗخلہٕ چھُ منسوخ کرنہٕ آمت تِکیا زسہٕ چھ غاٗب گوٚمت۔ روف صاٗبس پییہِ یہَے ترٹھ ہش۔ سہٕ چھُ تَس پرٛتھ جایہِ ژھاران مگر کُنہِ چھنہٕ تسُند پےٚ پتاہ میلان۔ روف صاب ہیٚوتُن وُباٗلی گژھُن۔ تہٕ چھ دوہ راتھ فریدنِس فوٹوس برونٛہہ کنہِ کتھ کران۔

اکہِ دوہہٕ گیِیہِ واریاہ لۆکھ روف صأبنس آنگنس منز اچانک جماہ

تہٕ چھ پانہٕ وأنۍ ڈِ پھرِبن منز کتھہٕ کران کینٛہہ أسۍ ونان یہ کوتاہ زبردس مُجأہد چھُ

اوسمُت۔ ییِٛلہِ زن اخبارس اوس لیکھتھ زِ یہ کوتاہ خطرناک دہشت گرد چھُ

اوسمُت۔ أتھۍ منز کھوٗل روف صأبن دروازٕ تہٕ اخبار پرٛتھ دِژن کربکہٕ زِمَتاوٕنۍ

تَو اِمس دہشت گرد تہٕ نہٕ مجأہد یہا چھُ میون جگر! یہا چھُ میون جِگر!

۸۔جنوری ۲۰۰۹ء

**************

# بدنام

دِلشادس چُھ نۄس علاقس منٛز کورِ ہتھ بسُن اکھ عذاب بنیومُت تِکیازِ ییٚلہِ تہِ کانٛہہ کوٗر گرِ نبر قدم تراوان چَھس ودان ودان چھٕے واپس یوان تۂ بدمعاش لڑکن ہنٛز شکایت کران۔ دلشاد چھے پریشان تۂ اکہِ دوہہٕ وۄن تمہِ ہمسأے بایہِ زِیموٗ لڑکو چَھنا ونیکتام کانٛہہ کوٗرۍ چھمٕژ زِیم چھِ میانٛہن کورٕبن پریشان کران۔ تمہِ وۄنس یہِ پےٚتَن لسہٕ گٔژنس نچوس تاوُن یُس یمن شامس شڈس منٛز شائلی تارکھ

هاوان چُھ ۔ دِلشادس ننوٗ زِ پرویزچُھ شڈس منٛزلڑکن ویڈیوفلمہٕ هاوان تہٕ ۔ یتھہِ پأٹھی چھ تم وتہِ ڈٲلمتۍ ۔

کیہہ کالہٕ پتے ہیۆتن شڈس منٛزلڑکن ہُندرش کم گژھن تہٕ دلشادٕ تہِ چھنہٕ کانسہِ ہنز شکایت کران ئمی کہِ تَسنزٕ کورِ چھے لڑکن یورَے

اِسُن تراوان تہٕ واریہو لوکو اَسی دربدٲری لڑکہٕ شامہٕ پتہٕ تِہُند گراژان ؤچھمتۍ ۔ یتھہٕ پأٹھی ہیۆتُن دِلشادُن گرٕ سأری سےٕ علاقس منٛز بدنام گژھن ۔

محلہٕ زِٹھوٕ کوٗ رفأصلہٕ زِدِلشادس کرو محلہٕ مَز ہرٕ تہٕ گرکھ پُلسس نِشہٕ تَسنز شکایت ۔ پولیس آو حرکتس منٛزتہٕ تروٗ کھ دِلشادنس گرس چھاپہٕ ۔ مگر سأری گییہٕ اتہٕ شرمندٕ ییلہِ دِلشادٕ کورِ ہتھ لڑکن تألیم دوان ؤچھکھ ۔

******

۲۴ جنوری ۲۰۰۹ء

# ٲری پٹھی

اَہنوٗژ کیازِ چھُکھ پریشان۔ ییٚلہٕ کَہیں تہِ اوسُے نہٕ یوٚت پریشان اوسُک نہٕ۔ اَز چھُے ماٗلک لالہٕ جی ڈٔے گوٚمت تہٕ پرٕبتھ کانٛہہ سہولت چھَنےٚ آیہ تن تھاٗومژٕ۔ کار تہِ چھے تہٕ پنسہٕ تہِ۔ ووٚنۍ ہےٚ پریشاٗنی تہٕ کیٛچ۔

عادل کیاہ ونٔے راتس چھُم نہٕ نندریوان۔ ونان چھُس گُس بُتھ دِمہٕ خوٗدایس۔ لالہٕ جی چھُم بھروسہٕ کران تہٕ بہٕ کوتاہ احسان فراموش چھُس ــــــــــ

دپان ہا چُھس کولہِ دِمہ ووٛتھ۔ تاوَنس چُھس لۄگمت تہٕ تمہٕ کامہِ
چھِم کرناوان زِنفرت چھِم پننٮ۪ گمٕژ۔ کأنسہِ چُھس نہٕ پٮ۪ٚن دود
ہیکان وٕنتھ۔ زبان بندی چھِہم گرمٕژ۔

عادل چُھس ونان زِ ژیہ چھے پراہ گۄمت تہٕ چُھکھ خبر کیاہ وَوران۔
عاقبنٮ۪ کتھ اَس نہٕ پزی کأنسہِ فکرِ تران۔

اکہِ دوہہٕ چھے ڈیزی عاقبس تھپہٕ تھپہٕ ژھاران سُہ چُھنہٕ تَس اتھہِ
لگان تہٕ یٮ۪لہِ سو تسندِس بیڈ روس منٛز ژایہِ تَس پیٛیہِ اَکس
چِٹھہِ پٮ۪ٹھ نظر یتھ لیکھتھ اوس زِ چانہِ ممی چھ سانٮ۪ن تولقاتن ہُندپے لۄگمُت تہٕ
ژھوپہ کرنہٕ باپتھ کۄرتمہِ سُے حربہٕ استمال یُس ژیہ بہٕ
پھساونہٕ باپتھ استمال اوسُتھ کۄرمت۔ ڈیزی آو چِٹھ پٔرتھ گیور تہٕ پیٛیہ
عاقبنس بیڈس پٮ۪ٹھ تہٕ اَچھن گوس انہِ گۄٹ یٮ۪لہِ پٮ۪نکھس
الأنزتسنٮ۪ لاش وٕچھن۔

********

۲۴ جنوری ۲۰۰۹ء

# تَماہ

میڈم گُلکرنی اوس نہٕ از بُتھس پیٹھ سُہ رُعب تہٕ نہٕ زبانٕ سو تلخی ییٚمہِ باپتھ سو زانہٕ آسی یوان۔ تَمہِ أس از گوڈنکہِ پھرِ سأڑی وٕجمہٕ سوتہِ شوخ رنگچ۔ سو أسی خوش زنتہِ کانٛہہ خزانہٕ أتھی اوُسس آمت۔ اچانک یہِ تبدیلی وٕچھتھ گیہِ سأری لڑکہٕ تہٕ کورِ حأران تہٕ چھ پانہٕ وأنی پھسرابے کران۔ میڈمہِ زون زِ سوُرے کلاس چُھ تسٔی متلق کتھہٕ کران تہٕ وۄنن:

What is wrong with you ?

کبھی کبھی انسان بے بس بھی ہو جاتا ہے۔

## Where is Suhail?

سُہیل چھُ پتی مِس رووس منز ؚ بہتھ نأدِم تہٕ میڈمہِ ستی نظر ملاونہٕ

ورأے دِتُن جواب yes mam

گُڈ !

میڈم ئُج بورڈس پیٹھ فزیکس سوال ہاونہِ مگر تَس چھنہٕ ساڑی سنبھالنی تگان تہٕ چھس سینہٕ بار بار نوٚن گژھان۔ سُہیلَس ہیٚتنی گُمہٕ سران گژھنہٕ تہٕ چھس کالِج سو فزیکل ایگزرسایز پھیری پھیری أچھن تل یوان۔ییمہِ باپتھ میڈمہِ پتھس گرس منز سُہ مجبوراوس کوٚرمت۔

*******

۱۵ جنوری ۲۰۰۹ء

# پَژھ

عاظم اکھ کتھ چھنہٕ میےٚ چاۓنۍ فِکر تران ۔ژٕ کیازِ چھُکھ آشنہٕ باپتھ پانۓ پلو پوشاک بازرٕ انان ۔ اَہنُو یہ نا چُھنہٕ ضوٚروری زِ ژٕ یہ انان چُھکھ تہٕ سورُے آسہِ تَس پسند یوان۔

آ ! یہٕ وُنتھ ژیہٕ زبر کتھ ۔ پرٕ بتھ اٚکس اِنسانس چھےٚ پنٕنۍ پنٕنۍ پسند آسان ۔مگر سُہ کُس مَردے گوویس نہٕ پنٕنہ آشنہٕ ہنز پسند تہٕ ناپسند پتاہ آسہِ۔

جواب بوزِتھ گیہِ احسانس ژھوپہٕ تہٕ پیوس یاد زِ اکہ دوہہٕ اوس تُمی تہٕ آشنہٕ باپتھ اکھ قیمتی سوٹ بازرٕ اوٚنمُت مگر تمہِ اوس نہٕ سہٕ زانٕہہ لوٚگمُت بلکہِ ییٚلہِ سُے سوٹ احسانن گرس منٛز بانہٕ چھلن واجِنہِ نوکرانہِ لاگتھ وُچھ تَس اوس شاک گوٚمُت۔

سُہ لوٗگ سونچنہٕ تہٕ چھ أندری پننہٕ تہٕ تَسنزِ آشنہِ ہُند موازنہٕ کران۔

بظاہر چُھنہٕ سُمیہ تہٕ ثانیہ ہس کانٛہہ مقابلہٕ۔ سُمیہ میٹرک کولیٹ تہٕ گھریلوزنانہٕ ییٚلہِ زن ثانیہ واریاہ پٔرمژ تہٕ سرکأری ٹیچر۔ فرق چھےٚ صرف یی زِ عأظم چھ پننہِ آشنہِ سٟتی خوش تہٕ احسان ثانیہس سٟتی پرٛتھ

وِزِ زِکھ زِکھ کران تِلکیاز سوأسی ضدس لاینہِ آمژ تہٕ أس احسان نہٕ پرٛتھ کُنہِ کتھِ گُٹھ کڈان تہٕ تَس طعنہٕ دوان۔ سوأس نہٕ خاندارسنزِ پیٹھو ولی مانن بائپتھ تیار۔ ئلی کہِ أسی ونان زِ بہ چھس خاندارسندِ کھوتہٕ زیادٕ پٔرمژ پیچھمژ تہٕ تنخاہ تہِ زیادٕ انان۔

احسان اوس ووٚنی گرِ کمےٚ پہن یوان تہٕ پتہٕ گو وسُہ اچانک غأب تہٕ ییٚلہِ ثانیہ تَس ژھارنہِ ئِژ۔ تَس ننیو وزِ سُہ چھ واپس گام کھوٚتمت تہٕ چھ گوڈنچہِ زنانہِ سٟتی خوشحال زندگی بسر کران۔

********

۱۸ جنوری ۲۰۰۹ء

# بُتھ پھٕیر

سَداہہِ ؤہری پتہٕ یٚیلہِ جگر ناتھ بانہالہِ گُلس ژاوتس ؤژھ تھَر زَ
اچانک کیازِ گوو  ژُپاسے اَنہِ گوٚٹ۔ شاید اوس تس مُشدٕے گوٚمت  زَ
کٔشیرِ واتنہٕ باپتھ چھُ امی گلہِ ترَن پیوان۔ یُتھے سُہ گلہِ منزٕ نیرُن ہیٚوٗتُن تس آو
اَ چھن گاش تہٕ سأری سٕے پانس پیٚیس شہلتھ ہش یُس اُڑیسہ
چہ گریٚشمہِ ژنجوَتہٕ کیٚموٗ ستی چھو کہٕ دأوی اوس گوٚمُت۔
تس گوو اٚحساس زِ قوُدرتن چھےٚ پزی کأشرسنزٕ ژٔم کٔشیرِ خأطرٕ ے

تیار گرمڑ ۔ یؤت یؤت سُہ پنِنس گامس نزدیک ہیٚوتن واتن تیؤت چھُ تس تن تہٕ من شانت باسان ۔ تَس چھُ سورُے اوندپوٚکھ پٔنن تہٕ لوٗکھ گرکی بأژ باسان ۔ سُہ چھُ خوش تہٕ اَندری ونان وق کیازِ اوس بُتھی پھیٚر گوٚمت زِتس پیٚیو ژَلن ۔

اکہِ دوہہٕ ووتھ سُہ شہرتہٕ چھُ بسہِ منزٕ اَکس سکول شُرس کُن بار بار ؤچھان یُس منزٕ اتھس نیٹھہٕ ستی کیاہتام موران تہٕ اَسس بھران اوس ۔ جگرناتھس ووتھ دِلس تلوان تہٕ ونس گو براۓژ کیاہ یہ کران؟ mind " your own business" جواب بوزِتھ گرجگرناتھن ژھوپہٕ تہٕ گوودَم پھٹی ۔

***

۲۱ جنوری ۲۰۰۹ء

# ریشی ...... سماجُک نبض شناس

محی الدین ریشی صابس گۓ کینٛہہ وٚری یی افسانہٕ لکھان۔ وُنیُک تام چھہِ یہٕندی کٕرٕ تام افسانٕے چھاپ سپدی مٕتؠ۔ ''داہ'' ناوٗک افسانہٕ چھُہ 'آلَو' رِسالَس تہٕ ''تکمیل''، 'سنگرمال' ناوِکس سالنامَس منٛز شایع سپُد مُت۔ یِم دوشوَے افسانہٕ چھہِ اکہِ طرفہٕ کأشرِ سماجٕچ زہینی صورتحال پیش کران تہٕ بیٚیہ پاسہٕ چھُہ یہُند ''داہ'' افسانہٕ تمَن حالاتن زیٖو دِوان یِمو پٔتؠ ممن وُہَن وٚرِین دوران کٔشیرِ ہُند پڑتھ کانٛہہ زَرِ مُتأثِر کوٚر مگر تمہِ باوجوٗد چھےٚ افسانَس منٛز کٔشیرِ

ہندِ رِوایتی بأے بندِتچ تہٕ ملی تشخصچ بر پوٗرٕ عکاسی میلان۔ مثلن "روی ینہٕ

أخری سامانہٕ ہیتکھ کرِنی۔ مُشید حماَمس منزٕ ہے دِتہٕ ہوس شرٗان۔ شمشان

گُن نِنہٕ وِزِ ووٚ تھ مسلہٕ زِأسی کتھہٕ پأٹھی کرٕ وبٹہٕ رسم پوٗرٕ۔ عباسنی مألی نبہٕ

میرن دِژ کرٕبکھ "ہیا بٹاہ چھنا گنہٕ"۔ اکہٕ نأوِدٕن ووٚن۔ "بوٚنہٕ گامہٕ چھہ پُلسہٕ

چوکہٕ منزٕ اکھ بٹہٕ"۔ ہے تلاتس گری تو زارٕ پارٕ تہٕ کھألی تو ن یورٕ"۔

سماجس منز اقتصأدی پاپر جأیی تہٕ اعلیٰ تعلیمی وابستگی مُقابلہٕ طبقأتی

بیٚنبر تہٕ تعلیمی نابرابری، یمن دوشوٕنی درمیان چُھہ قدیم کالہٕ پیٹھے ٹکراورٕ دمُت

یُس أکِس تِتھِس ماحولس زایُن چُھہ دِوان آمُت ییٚمہِ ستی سمأجی رسم و

رِواج عملاونس منز نہ صرف دِقژ یِوان چھےٚ روزمرٕ بلکہِ چُھہ اِنسانس حدٕ

روٗس مشکلاتن ہُند شکار تہٕ پیوٚمُت گژھُن تہٕ یہِ سِلسِلہٕ چُھہ ازتہٕ جأری۔ اَمہِ

قسمہٕ کِس صوٗرتحالس چھےٚ ریٚتی صأبن "تکمیل" افسانس منز زبو دِژمژ۔

مثلن

''کیٛاہ وَنے ! اباجی چھُم خاندأنی لَڑکہٕ ژھانڈان۔ سُہ تہٕ

گزیٹِڈ افسر، تہٕ ژٕ ؟، غزالَس گَیہٕ ژھوپہٕ۔ أندری أس

وَنان وونی ہے رَزِموٚ زوٗرے آسہِ ہے۔''

درِدست کتابہِ منٛز شأمِل باقے سأری افسانہٕ چھہِ سماجی بُرأیو،

ناقص نظامہٕ، حق تلفی تہٕ دفترن منٛز جنسی استحصال ہِہوٚ اہم پہلوٗ وپٔٹھہٕ پَردٕ

تُلان۔ ''ژَھل'' تہٕ ''وَکانہٕ'' ناوٕکین افسانن منٛز چُھہ تِتھے ہیوٚ ماحول کاڈ

کڈان۔ ''بوچھہِ'' ناوِکس افسانس منٛز چُھہ پروفیسر امین اولاد دادِ پھیٚہہ

پھیٚہہ کران تہٕ تسٕنز زَنانہٕ سکینہٕ ہونہِ بچن پٔتی تہٕ بڑٕ ونٛھی وُچھان۔ یِیلہِ زَن

''بڑٕبم'' افسانہٕ وأنسٕتھ لوٗکن پٔتھ اولادن ہِندِ ذٔری یہِ سپدَن والہِ ظُلمچ عکأسی

چُھہ کران۔ لاقانونیت، ناانصأفی، نابرابری، حق تلفی تہٕ غیر موثر نظام تہٕ تِتھی

ہی ءکٔنی پہلوٗ چھہِ بنی آدمَس ہر وِزِ ستاوان روزان۔ یِیمہِ کَنی سُہ زندگی نِشہِ مُتنفر

گژھِتھ کانٛہہ تہِ قدم تُلنہٕ خأطرٕ مجبوٗر چُھہ گژھان۔ یوٚہے ماحول چھہ

''بیگمات'' ناوِکس افسانَس منٛز وجوٗد پزٕاوان۔ دربار موٗ تہٕ دربار موٗس ءستی

گژھن والین مُلأزمن درپیش ییٛنہٕ والین مُشکلاتن تہٕ مُصیبتن چھہ

ریشؔی صاب ''کرنجلہِ پونی'' ناوِ کس افسانس منز پیش کران۔ اَتھ افسانس منز چھُ افسرن تہٕ لیڈرن تہِ طنزُک شکار پیوٚمُت گرُٹھن یم قومی خزانَس دربار موٗرِکس ناوس پیٹھ لُٹاوان چھہِ۔

کتھ کرو موٚختصر زِ دِردست کتابہِ منز شامل افسانہٕ پرِنہٕ تلہٕ چھُ باس لگان زِ محی الدین ریشؔی صابس چھےٚ کاشرِس سماجَس سیاستَس، سیاستدانن، دفترن، دفترٕبن تہٕ استحصالی عنصرن کیٚو سماجی تہٕ سیاسی دلالن ہندِس نبضس پوٗرٕ پوٗر تھپھ۔ مےٚ چھُ باسان زِ یہٕ ہندی افسانہٕ چھہِ کاشرِ سماجکی اَنہٕ تہٕ اگر یمو پٔتِم پان سماجس نکھے تھوٚو، شاید آسہِ نہٕ سُہ دوہ دوٗر ییلہِ ریشؔی صاب زمانکین بہترین افسانہٕ نگارن منز پٔنٕنی جاے مُشخص کرَن۔

ڈاکٹر آفاق عزیز

سنٹر آف سنٹرل ایشین سٹیڈیز، یونیورسٹی آف کشمیر

۲۴؍جون ۲۰۰۸ء

# ریشی صأبنی افسانہٕ میأنِس أنَس منٛز

واو دایہٕ ستہٕ سوچہٕ صفس وولُت گرِتھ مأری مٔندی آکاروٕ تلاوٕنی پَتہٕ یَمَن آکارن جزبأتی ، امأری ، احسأسی تہٕ نغمأتی رنگ بَرٕنی یَمَن رنگ دار آکارن بیوٚن بیوٚن ناو دِیُن تہٕ یرادن ہُند شستر وبگلاوُن چھے أکِس قلمکارٕسنٛز فن کارانہٕ صلاحیژن عروٗج بخشان ۔ یوٚتام اوس محی الدین ریشی صأب میأنہِ باپت محض اکھ ترتیب کارُ تہٕ اکہِ سرکأری میگزیٖنک بہٕ اوسُس ''آلو'' میگزینَس منٛز مٔنٛزی یِہُند افسانہٕ پَران ۔ پَزر گووِیہٕ زِ

افسانہٕ گرنَس منز اَسی یمہٕ سُست رفتاری کاٚم ہوٚان۔ شاید اُس نہٕ مے

اَوے، کنہٕ یم پاٚنس کُن ماٚیِل گرِتھ ہیٚکان۔ ''آلوٗ'' میگزینگ نوٗسرِ چارج

سنبھالنہٕ پتے دِتی مےٚ یموٗ پنٕنی کیٚنہہ افسانہٕ پرنہٕ باپت۔ یمَن منز 'کرنجلی پوٗنی'

'بڑم' 'تکمیل' 'ژٕھل' تہٕ داہ بیترِ افسانہٕ شاٚمل چھِ یمہٕ ساری افسانہٕ پٔرِتھ گوٚو

مےٚ احساس زِ یمَن سارِنے افسانن منز چھےٚ اکھ جلکھ، اکھ نفسیاٚتی حقیقت تہٕ

اکھ حقیقت ابتدا پیٹھہٕ اَخرس تام گرایہِ ماران۔ یتھ افسانہٕ سوٚمبرنہِ منز چھہ

افسانہٕ نِگار ساٚنس معاشرس منز سپدَن والین حالاتن تہٕ واقاتن نہٕ صرف

ژٔرژان پوٚز پنٕنہِ قلمہٕ ستی یمَن حالاتن تہٕ واقاتن خلاف اکھ ٹاکارٕ بغاوتھ

شروع کران۔ 'ژٕھل' افسانس منز رَمبہٕ چیر اَسی سُند کردار چھہ ساٚنس بےٚ

پڑھ شہرکس پڑ ہتھ گلی کوچس منز دڑینٹھی گڑھان۔ کرنجلہِ پوٗنی، بڑم تہٕ داہ بیترِ

افسانہٕ چھِ تتھ نفسیاٚتی پزرس وُرن ٹلان یُس اَسہِ سارِنے بدس چھہ۔

محی الدین ریشی صاٚبُن اکھ اکھ افسانہٕ چھُہ اکھ میسیج، اکھ شٕیچھ تہٕ اَکھ پوٚت آلوٗ۔

یہند بن افسانن ہُند اکھ اکھ کردار سُہ ہیڈ کلرک رشید سُند کردار اَسی تن،

بُخاری صاٚبُن، غزاٚلن یا مریمن چھُہ ویوٚ دتہٕ سانہِ باپت چھنہٕ یمہٕ کردار

اجنبی، یہند بن افسانن اندر گرنہٕ آمتی واقات چھنہٕ خاب بلکہ اکھ تلخ

حقیقت ۔ افسانہٕ نِگار سنز زبان چھےٚ شیوٚد، صاف تہٕ رٕسِل ۔ افسانہٕ گرنہٕ باپت چھُہ افسانہٕ نگارن پنُن اکھ الگ منزِل چُھمت ۔ تہٕ یوسہٕ وَتھ اَتھ منزلس کُن گژھان چھےٚ تمہٕ ناس صحی پوٚزسہٕ چھُہ کُنُے زوٚن اَتھ کڈٕ روَتہِ پکان ۔ تہٕ وَتہِ ہِندِس پرٕ بتھ پرٕاوس پیٹھ واقاتن افسانہٕ دأریاوان ۔ محی الدین ریشی چھُہ یتھ افسانہٕ مالہِ منز رنگا رنگی ہُند مأرِ موٚنڈ شُہُل رٕژھراوُس منز کامیاب گوٚمُت ۔

بحیثیتِ افسانہٕ نگار پزِ مےٚ وَنُن تہٕ پَننِہ یتھ کتھہِ پأروی کرٕنی زِ افسانس اندر گرنہٕ آمتی واقعات گژھن ،کردارن ہِندِ دِلہٕ نیرٕنی ۔ بِذأتی چھہِ افسانہٕ تہٕ زندگی اکھ أکِس لَرِ لوٚر پکان ۔ چِھنوٚف چھہِ زندگی تہٕ افسانس واٹھ کران اکھ نفیس مِثال دِوان ۔ زِ ''افسانہٕ چھُہ زندگیہِ ہُند تیوٚتے روٗپ وکھنان یا تیٚزے شکل پیش کران ییٚژاہ سمندر بُٹھس پیٹھ پیٚمژ شیشہِ کھٕنڈ سدرٕچ پیش کران چھےٚ ۔

محی الدین ریشی صأبنی افسانہٕ چھہِ زندگی ہنٕز ژھاے پیش کران ۔ زندگی ہُند سہٕ منظر ہاوان یُس اوس یُس چھُہ تہٕ یُس آسہِ ۔ شاید چھہِ افسانہٕ نگارن اُگے ین سُند پوٚرٕ پأٹھی مطالعہٕ کوٚرمُت تیمی ۱۹۵۰ ءیَس منز افسانس

متلِق پَنٕنۍ یہِ راے دِژ زِ ''افسانہٕ چھُہ زندگی ہٕنٛز ژھاے تہٕ زندگی چھےٚ پانہٕ اکھ اوٗڈُے افسانہٕ''۔ پَنٕنۍ یہِ گوڈنِچ افسانہٕ مال یوسہٕ یاقوٗت، مرجان، پوکھراج، عقیق ہیٖرن ہٕنٛز أچھناٹہٕ کرٕنی مال چھےٚ بازر کڈنس پتہٕ چھُس بہٕ محی الدین ریشی صأبس وژھہِ وأنجہِ مُبارک پیش کران۔

## رحیم رہبرؔ

آزاد کالونی، پتہٕ کانہامہ ماگام، گلمرگ کشمیر



[illegible] تعارفکۍ موحتاج ۔ تموٚ یمہٕ "آلو" ناوک رسالہ کاشر

[illegible] رسالہ بناوتھ تمام کاشرین ادبی حلقن منٛز شوہرتھ تہٕ

—— (رحمن راہی)

[illegible] ۔ ☆ ریشی منتشر کاشرین ادیبن منٛز اکھ سنگم ۔

[illegible] تمو رونٛبی دلہٕ بہ یم یَس اسن وزوٚن [illegible]

[illegible] —— (ریشی یَس حق وقتہٕ وقتہٕ محمد یوسف ٹینگ صاب نذرانے ۔)

وولہٕ تہٕ [illegible] منٛز کاشرین ادیبن اکھ تخلیقی پلیٹ فارم مہیا تھاون وول قابل ، وگدار [illegible]

شریف النفس ایڈیٹر محی الدین ریشی ۔۔۔ (رتن لال شانت)

کاشرِس ادبس خدمت کران یوسہٕ محنت ریشی لیس کرٛنی چھےٚ پوان سوچاوِ ادبی صحافتس

پوچھرس منٛزس آبِ حیات —— (ڈاکٹر امر مالموہی)

محی الدین ریشی یُس کاشرِ زبانۍ تہٕ ادبَس زُ وجانہٕ گرانقدر خدمت چُھ کران ، اللہ کرے حُسن

عمل اور زیادہ —— (سید رسول پونپر)

ریشی چُھ سماجک نبض شناس —— (ڈاکٹر آفاق عزیز)

یتھ کتھہٕ منٛز چُھنہٕ کانٛہہ شک زِ نوین قلم کارن حوصلہٕ افزائی کرِتھ چھےٚ ریشی صابن کاشرِ ادبہٕ

کِس بیش قیمت گُلس سگ دِتھ لگ لۍ چھ بھا کاوُنس منٛز اہم رول ادا کور مُت —— (پریم ناتھ شاد)



Aan Publishers